وۆل۔ تہٕ یِمہٕ سٟتۍ أمِس نِش بڈ تہٕ تھدِ خدأیی طاقتُک ثبوٗت پیش خلقان سپُد۔ تہٕ توتہِ أمِس انسانس پرزأن تہٕ ان زان مجنون و مجذوب قرار چھِ دِوان کرشمہ رب وُچھِت تہِ۔ تہٕ قصد ہے کھالو تہٕ کس؟

یِژھ یِمہ کٔرہنہٕ کُنہٕ ہِنز کروژھوٗ ٹ پأٹھۍ توہہِ زان۔ أمِس متلق لیکھُن ما بنہِ شریعتچہٕ حد بندی ہِنز کنٛہہ لغزش تہِ تہٕ بیٛیہ اندٕ یِیلہِ وُچھو کہِ یِہأئے ذات چھِ شرعچِن ......... پاکیز کنٛو یا میٛرِ سٟتۍ تعمیر کران تہٕ انسأنی مشکلاتن کم کرنس منٛز بحکمِ خدا مددگار ثابت گژھان۔ گمرأہی رد کرنس منٛز ووستہ کاربنتِ شیطانس سٟتۍ نالس تھف دِتھ لڑان۔ تہٕ تِتھس تھدِ کردارٕکس بندۂ بشرس تہٕ ملک صفت وألس کتھ صفس منٛز دِمو جاے۔ یِمِس زمیندار جوان لڑکس اکتاجی (۴۱) ؤری ہنزِ وأنسہِ منٛز ہنگہ منگہ خدایہ سٟندِ طرفہٕ آسمأنی ترٛٹھ ہند پأٹھ آلو گویہٕ اوس تمہِ پننہِ دورکہ رِبو اجہ زمانہ گامہٕ گامہٕ گوٛن والٕبن ہٕنٛدی پأٹھۍ پننہِ گامہٕ کٕبن گوٛن والٕبن سٟتۍ کُنہٕ کُنہِ بشوق شأمِل گژھان۔ أتھۍ زمانس منٛز سرِ پأٹھۍ پیر صأبس نِشہِ تہِ گژھان رٕ دمُت۔ تہٕ یِہوے اوس سُہ زمانہٕ یِیلہِ گامن منٛز عام پأٹھۍ محلّہ وارکالچِن جنگ نامہٕ أس پرناونہٕ یِوان۔ تہٕ گوٛن والٕبن ہُنٛد ساز اوس نوٗٹ، سارنگی، باجہ تہٕ تمبکھ نأری تہٕ آسان۔ تہٕ یِہُنٛد گوٛن اوس غربتس مشہِ راوان تہٕ آزاد ہواہن منٛز جوان تہٕ أنٛہر شہٕ پاک باش خدایہ سٟندِس صاف فضاہس لولہ متہ لائے کران تہٕ جِگر شہلاوان۔

مگر أمِس بانماز جوانس پیٛیہِ ہنگہِ منگہ بے خبر آسمان گگرایہ تہٕ وُزملن

ۂتی ترٛ ٹھ انسانی تہٕ خدایی ترٛٹھ زِ کینٛہہ وقت گژھنہٕ پتہٕ روٗ دنہٕ سُہ جوان کِسان تیمِس ناوسُلہ شیخ ولدغفار شیخ اوس یُس راتھ تامتھ اوس کارِ دُنیہس ۂتی تہٕ اَمِس بدلیہٕ مزاجاً ترٛٹھ حالتھ یکسر کہ ووں چھنہٕ یہٕ کائنسہِ تہٕ نظرِ گژھان، زانی تو یہٕ گوکھم ظاہری ہوشو ڈھلِت دیوانہٕ۔ تہٕ اَمی سُند خطرناک روے تہٕ مزاج ہیوٚک نہٕ کائنسہِ برداشت گژھتھ۔ تہٕ شریعتچ چھنہٕ کتھے۔ ''سورُے حال پُرو پنٛچھِمِس کتابہِ سوانح سلطانس منٛز۔ (1907-1990ء) اردو زبان منٛز بروٗنہی لیکھِتھ چھ۔

وقت تہٕ دورِ زمانہٕ گُذرنس ۂتی ۂتی بنیو یہٕ خدایہٕ سٕندِ یرٛ ژھنہٕ ۂتی قطب ولایت، مگر روحانی تیوٚتاہ آوُر کہ راتس دوہس کلام بیان کرنس روٗ دنہٕ اَمِس کانٛہہ تھکھ تہٕ کُل عاپچ خصوصن یہٕ والبن ہنٛز غائبی کتابہ (ازل نامہ) روٗد پران۔ جسم گوٚو مُشتھ تہٕ روح گوٚو سوار۔

ووٗنی ڈیپو اَمِس ناوتہٕ درجہ، اَمِس کتھ دینٛچہ پھُل دار تیٚج منٛز دِمو جائے، کتھ تہٕ کیاہ گنٛز راوہون بہٕ یہٕ نظریہِ توحید تہٕ تصوف۔

نوشتہٕ از علمِ اِدراک

روحِ رجید

طالبانِ دُعاء ابدی خیر

بشیر احمد وگے تہٕ فیاض احمد



# ہوٚنچ کتھ

یہ چھِ پرٛتھ پزٕ کِس مقتدان اولیاہس یُس تہٕ فقیر سلطان صٲبنس مقبرس متلق زانُن ضروری چھ بنان کہ اتھ جایہ پیٹھ روزن کینٛہہ یِوان گرٛھان۔ییٚلہِ یہ زانان چھِ کہ اتھ گامس تہٕ گامہٕ کِہن نوِ پیٛیہ چھُنہٕ اسلامی درس پرٛتھ سُلہ صٲبس ستیٚ عملی حُب یا کانٛہہ عملی دلچسپی درپیٹھ یِوان۔تہٕ تعلیم پھہلنس ستیٚ ستیٚ گرٛھِ اعتقادولن والین ہُند تیداد کم یِم یِوان رٛوٗدٕمتی آسن، یہ تہِ چھُ ممکن کہ پھہلاونہٕ یِنہٕ وول درس توحید بنہِ امہِ گامہِ کِنہ سمجھاو ستیٚ اَتھ ٹھوٚرتہٕ نسل بدلوٗن دورس منٛز پیٛیہِ اور سُوئ یِمس اتہِ روحانیتہ مُشکہ یُن ثواب لگہِ نتہِ گرٛھِ پانے سُلہ صٲب تِمن نِش یِم امہِ آیہِ ندامت تہٕ عجز پیش خدا برائے وسالت آسن ژھاران۔تہٕ بہ وسیلہ اویسی مشکل کشائی آسن لبان۔اعتقاد تہٕ نفس پالُن چھُ الگ الگ حیثیت تھاوان۔اعتقاد چھُ غائبی سامان یَس اتھِ ییٚیہِ تہٕ تِس تہٕ کریوٚٹھ منزل۔نفسچ پرٛائی یا دولتِ دِل (روح)۔

چونکہ دورِ جدیدس منٛز لُبی لۄکو مادی دولت تہٕ ذرایع عیش پرٕستی، مگر اخلاقیات کہِ دورٕ برٕ موجوٗب گوٚ وانسانس آرام حرام تہٕ تِم دأدی وولتی ووگہ لِباٛئ یم لاعلاج بنیاٛے۔ تہٕ امہِ وِزِ چھُ یتھ وادی منٛز تِتھین لۄکن پٔتِم علاج آستان پرٕستی یا پیر ژھارُن یاد پیوٚان مگر کتھ چھےٚ درویش صأبنی تعلیم پرٛن وول چھُ کھوج کران پتھ ضرۄری طور آستانس تعمیرس تہٕ پتہٕ دوستِ خدایہ سٕنٛز عملی زندگی تہِ زانٕنۍ ضروری زانان۔ ووٗنی ییلہِ یتھ لۄکھ یہِ زانُن یژھن، تِمن نشہِ آسن درویشہ سٕندی عملاً بے خبر یا وارث در۔ ذرا أکر یو غور و فکر کہ أمِس درویشس گےٚ ۱۲ۄری گُذریمتِس بہٕ أچھو وچھُمت ڈال گوربائی وارِ وارِہ تہٕ نِوٚ آیہِ غأبس پژھ گُرتھ اعتقادٕ کس بنیادس پیٹھ، مگر أمی سٕنٛز زان کٔمۍ تہٕ کتہِ تہٕ رٕکتھِ پأٹھی دِژ۔ وٗنیس تام تِموٚیم أمی سنٛبندِ ظاہری رشتہ حق نمک آیہِ گژھان ییٚلہِ زن کاٛنہہ ہُشیار از راہِ ہدایت تِہُی پرٛژھیو کہ یِمۍ بزرگن رٕکتھِ پأٹھی چھِ یژھ تِھٕز جاے لٔبمٕژ۔ تہٕ أخر پرٛژھِ سُہ یہِ کہ نماز، روزٕ بیتٕرِ اوسا مکمل پأٹھی تھاوان۔ بٔلکہ یہِ سوال پرٛژھِ ہراکھ یِمِس یوٚت یُن نصیب آسہِ تہٕ أمِس متلق وَتھنہٕ بھٕنُوک اداتہ طریقہ۔ یہِ زأنی توکہ ہر شخص چھُ مذہبس تہٕ دیندأری احاطہ گُرتھ ہر وِزِ کأنسہِ تہِ بزرگہ سٕنٛز اصلیت زانٕنۍ یژھان۔ أمِس مُتلق چھنہٕ کأنسہِ تہِ أزیوٚک تأن دردِل یےٚ خیال اونمُت۔ گوٚویہِ چھِ اکھ پُز ڈلیل کہ نہٕ دژاو أمی سٕنٛزِ پُیہِ منٛز کاٛنہہ تلاشہ ہوٚت زأنی کار تہٕ نہٕ کاٛنہہ طمع دار۔ ژکہِ چھُ پوٚزیلی کہ أمی سٕندِس

پۆ رِ عمرِ ہِندِس کاروانس منز رۆ دنہٕ أمِس درویش لرِ لوٚ ر کانٛہہ پتھ تہٕ دوت نہٕ کانٛسہِ خیال کہِ یہِ ہے اوس تہٕ اوس کیاہ ۔ توے چھُ أمی سوندوی مخلص ہم سفر یہِ کأم تہٕ کُنہِ لغزشہِ روس نکھ والان ۔ یہِ چھُ ممکن کہ درویش گُزرنہ پتہٕ آسہِ برٛ ونٛہمو یِنہ والو أمی ہنٛز برٛھأمی تہٕ کرامات ٹنٛ کٔڈ مٔژ ۔ مگر تمی ما یکھ ہوٚ کھ پزٕ چہ سندِ تواریخ بنأوِتھ ، گرٛ ژھن رتہندِس ونس تہٕ وُچھنس تمہِ وقتکی گواہ موجوٗ دآسنہٕ ۔ تکیازِ یہِ چھُ پزٕ رُک دین تہٕ اعتقاد ۔ خوش اعتقادی موجوٗ ب چھِ مبالغہ آمیزی ہوندرَس تہِ میلان ۔ تمہِ پتہٕ تہِ تم کینٛہہ ہیکو بطورِ کرامات قلمبند کرِتھ ، یِم زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ وُہن صفن پیٹھ درج روزنامچہ نہ کینٛہہ ۔ مگر أمی ہنٛزِ زندگی وپرٛ ھناونس لایق ۔ چھ مشکل پسندی برونٛہہ یِوان ، تکیازِ یہِ تہِ چھےٚ خبر کانٛسہِ زندٕ حال انسانن تہِ کہ یہِ اوس یوتاہ نفرت کران کہ أمی سُند بانہ تانیت تہِ اوس نہٕ وونده یژھان اندر مینڈلی بانن منز تھاوُن ۔ تہٕ یہِ یژھہِ ہے ہر کانٛہہ تہِ یِم اداے نفرت درویش ملاحظہ کوٚ رمُت اوس ۔ یہِ چھُنہٕ کانٛہہ پام تہٕ نہٕ عیب جوئی بٔلکہ چھُ یہِ تجزیہ کرُن یہِ سرِ اسرار کتھ حدس تام اوس پانس ژورِ تھاوان ۔ تہٕ یتہِ تھزررد خلق مُل ہوٚ ان ۔ مسلہٕ چھُ یہِ کہ اکہِ طرفہٕ چھُ بظاہر سُلہ صأب شرعی بنیاذ پیٹھ مجنون یِوان قرار دِنہٕ یِوان تہٕ دویمہِ طرفہ دِمواہ بیہہ تہِ ۔ تموک تہٕ چرِس ہبتھ گبوٚ ن والین اتھِ لذات پسندی ہنٛز وأرتہٕ درویش صأبس بناووامیگ بابہ افسوٗس ۔ امہِ مقبرٕ کِبن تتھبن حوالدارن ۔ یِمن مجلس سازن تہٕ پاسہِ اُخرِ أوراون والین چھُنا

دینگ ،زمانٕک تہٕ اثراتن ہُنٛد کانٛہہ پروا۔ یا خوفِ خداتہٕ آخرت۔

ذراپیوو پالیس تہٕ زانیٚو کہِ تعلیمی جہالت چھِ گھٹان۔ تہٕ ہر کُنہِ کتھِ چھُ امیُک پوٚز تہٕ اپزٕ توحید دأنی تولان۔ توہہِ چھیوہ خانہٕ درویش پیٹھ پننِن گھرن تانیت اووت ٹِک۔ مگر زانیوہِ جایہِ فقیر گرٕڈ ہِ نہٕ سوالہ بُرتھ جایہ نٔوبن ہنٛدِ خاطرِ بٕنتھ روزٕبن۔

طالبِ دُعا

عبدالمجید سعدہ کدل، سرینگر



یہِ چھا توٚہہِ خبر کہ دیٖنِ اسلامس مبدل کرُن وألی غأر مسلم چھِ یِی یژھان کہ کرواتہِ وقت ـ أسی کرو یمن آستانن ہنٛز اصلیت تہٕ نسب نامہٕ نۆئ ـ یِم سأری چھِ غأر مسلم أسمتۍ ،توے چھِ یمن شیٖخ بدرالدین ، شیٖخ زین الدین ونان ـ ژِھَس پاوِ ـ یتھ بابری مسجد ہند پأٹھۍ یتہِ یمن ریٚشن کھورِ ننہِ وورتہ بائبرِ ہۆت آستانو نہٕبر کرٕہن تہَ لاگن اکہِ اندٕ پننٕہن پوٚتیل تمہِ وِزِ بوزِ واہ پوگھ ِکنہٕ تہُۍ پُر یوٕشنیاللہ ـ

غرض چھُم یِی کہ طرزِ زندگی سلطان روٗزا کھ پیچیدہ زأ نراوُبن مسلہٕ تہٕ دوٚیمہ طرفہ بنیوٕ وأمۍ سُنٛد آفتاب ہیوٚمشن مشکوک ـ یہِ دُنیا چھُ فانی ،آیہِ کأتیاہ تہٕ گۓ کأتیاہ تہٕ یِن کأتیاہ ـ مگر مستند جایہِ گژھنہ صرف ذریعہ آمدن یوت آسنہِ ـ پوٚزروپوٚش أرتھ اعتقاد کس ناوس پیٹھ دین وفطرتس تہَ عشق حلالس زاف ژانُن چھُنہٕ فقیر ہنٛزِ ژادرِ منٛز کانٛہہ پننہٕ داوٗ ـ

یہِ تہٕ زأنیو کہ مغربیت چھِ پھبان أتھۍ ناوس تہٕ کارس تل ۔ یتھ اسہِ اعتقادتہٕ اسلامی اخوت پھل لۄ بمُت اوس ۔ یتھٕ پاٹھۍ جناب چستیؔ سِرُک حوالہ یک تار موے دِل محوتھاونہٕ موجوٗب یک یک تار تمو ورتومُت اوس، یتھٕ پاٹھۍ صوفیانہ رموزتہٕ اسرارِ خدا رسأیی ہُنٛد سوزتنِ تنہا گوشہ نشینی منٛز زأنی کارن ہٕنٛدِ موجوٗب مقرر زانُن اوس ۔ تہٕ وون وُچھیو یہِ موسیقی ـکتھٕ پاٹھۍ بنیأیے نابالغ انہر بن ورغلاونک خاموش تہٕ سمِ قأتل ۔

رضایہِ فقیر ژھأریواذ باذن رب اللہ ستیٚ زِ دِیہِ ماملاقات ۔ یہِ چھیو زانان کہ أمس ستیٚ سأری عمر چھَپہِ دِنہٕ وألس، یمۍ أمۍ سنٛزِ نظمہ مدح خوأنی تہٕ توأریخ ہاپکِھچھ یتھ کُن چھا زانُھہ توہہِ من پوژمُت یُس تمۍ سنٛزِ زندگی ہندِ بیان تہٕ پہچان چھےٚ ۔

رۄد أمۍ سنٛز زندگی ہُنٛد احوال، یہِ سورُے چھُ ہو بہو رجید صأبن لیۄکھمُت تہٕ یہند بن ژھارن واللبن گرِ ھ اچھ بو چھِ آسبن، أمۍ سندِ ہ دُنیا نیرتھ مقبر کہ ناوچھنہٕ معلوم سپدان کہ ییٚتہِ کُس ہیکہ ہُون توہہِ کانُھہ امہ راہِ سلوٗکوچہ رمز تأن ٹھہرأ وِتھ ۔ ییٚلہِ زن تمۍ سنٛزِ درحیاتی دُنیاتہٕ اوس ثابت کُرِتھ دیۄتمُت بلکہ کانُھہ نہ تمو منٛز تہِ ۔ یُد وے الگ الگ پرأن یمن اتباعی پننین امہ گرِ ھتھ سلسلہ پسند رودمُت أس ۔ تہٕ پتہٕ شہرتہٕ کہ غرضہٕ یم جامہ تمو لأگھ بنام پدرم سلطان بود ۔ اُس صرف تہٕ صرف لمحأتی ملاقات ژھاران ۔ تہٕ تم بہ نظریہ مادی تلاش نیران ۔

ملال گرٛھنہٕ گرٛھُن دین چھُ شرعٕچ تلوار ۔ امہٕ تلوارِ خش چھُنہٕ سہل، کاثہہ فقیر درجہ منٛز لوک نشان لبُن ۔ نتہٕ کتھ تھیٚکنُے مہ چھُ زوپان ۔ تواریخ فقرس گرٛھنہٕ موم گرٛھُن ۔ دنیاوی اغراضہ کہ ذَراز آئیو دینِ وفقرتہِ نظرِ تل تھأویو یوم الحساب وجزا۔

ربّ دِٔن دین تہِ فقرزانہ نوٚک ہدایت

مرشدروزِن مہربان

طالب دُعاخیر

سجاداحمد ترالی تہ نیلوفر جان اونتی پورہ



# تعارفِ سلطان صأب

از ورناک ہندشُد شیخ جاء یافت در بدسگام
ماہ تابے شد طلوع از خانہ غفار شیخ است مدام

پزٕ رچھُ یی کہ أمی ہندِ کاینا تچ بظاہر زندگی ہنٛز زان دِنی چھِ اکھ عجوبہ یا کرشمہ۔ یُس ہر رنگہ کثرتس منٛز روزِتھ کُلیتن یکتا پسند اوس۔ أمی ہندیو ظاہر نیا تو تہٕ یرادو اوس اِدراک گژھان کہ یہِ اوس نہٕ کأنسہِ ہنٛز بارِ منت ہیٚن یژھان مگر بشر آسنہٕ کنہٕ یۄتاہ تہِ چلہ ہس پر گی اوس نہٕ تھاوان۔ تکیا زِ زٕمہ بدلی پتہٕ اوس یہِ زن تہٕ بلا تشبیح جنگلی جانور جنگلس منٛز مگر انسانِ بُستی منٛز قید۔ تہِ امہِ پتہٕ لگ بھگ ۸اوٚری اتھ بشری آزأری کم کرنہٕ خأطرٕ آس یہٕ شریعتہ منٛزٕ ۱۴ سلاسل زأنتھ تہٕ خاصتاً سلسلہ نقشبندیہ منٛز گرتھ أمس پُثراونہٕ بحیثیت اکھ ادنیٰ خدمتگار۔ ورنہِ کأنسہِ شخص مُڑس یا بے کارس تہِ أمس نِش بیہنہٕ موجوٗب دوٚہس ساس روپیہٕ تہِ دِموہوسہ مانہِ ہے نہٕ کینٛہہ تہٕ نہٕ ہیکہِ ہے برداش گرتھ۔ سارِوی کھوتہٕ اوس أمسی پیٹھ دار و مدار۔ یُس کأنسہِ تہِ آنس منٛز نرِ زنگہ پھٕڑاوِ ہے۔ تہٕ پتھ گُس تہِ کیا ونہِ ہے۔

أز کھوٚ درویش مہراز و، نمدن تہٕ قالینن پٹھ آرامِ نازتراون والیوٚ، سٔنیو تہٕ
پالیس پیوٚ، تِتھبن حالاتن منز تہِ آو میے یہِ کریوٹ زأ وجار دوگنیار عطا
کرنہٕ۔ وُنہِ تہِ چھُنہٕ لۄکن اَسہِ دون ہنٛدی سمکھنُک وجہ معلوم یا فکرِ تران تہٕ
أمی ہنٛد بن گرٕ بأ ژن بہٕ اکھ ووستاد أستھ أمس مجنونس ہتی یُس یتھ بانس
کھوٚان تہٕ کھران اوس۔ بہٕ اچھ ترٕ لیش چوٚان اوٚسس کتہ ترِ ہے فکرِ زِ
آسن وول تنخواہ دار ملازم تہِ بیٚہہ ووستاد کیا زِتہِ گوی یتھے بے عقل تہٕ باورٕ۔
یہِ بنیو واکھ سجمنہٕ رٕوس چلوٚن شکھ۔ اِ ییٚلہِ بہٕ یرٛھاتہٕ یہِ ڈاف ترأ وِتھ یا
بہتھ أمس درازجسمس پٹھ اکھ زنگ اکہِ اندٕ تہٕ بیا کھ بیٚیہِ اندٕ کھڑا۔ أمس
مَس کاسان تہٕ تِتھی سأری نزدیکی واقعات رٕوز اسہِ دون ہنٛز سارے
زندگی۔ ییٚلہِ کُنہِ کُنہ وِزِ1982 ءمنز بہٕ صُبحس چولس نزدیک چاے اوٚسس
چوٚان تہٕ مے کُن ونان، یمٕ ہبرن تھوونہٕ اَسہِ کُنہِ شبہ دَرشاوٚندتہِ۔ تہٕ أمی
ہنٛدی گرٕ بأژٕ أس أندری برٕمان، شاید چھُ درویش پوٚزے ونان کہ أمس
یم روپیہِ ٹھیلہ سوٚمبرتھ چھِ آسان، یہِ چھُ ماسٹر صأبس دِوان یانوان۔
حالانکہ أمی ہنٛز خاندارٕنی أس أمس ہر صبح تہٕ شامس وارنظر و پھیرُ
دِوان تہٕ وُچھان کہِ کُس رُت تہٕ بکاریٖنہٕ وول چیز چھُ درویشن پانُس ہتی
گنٛڈتھ تھوومُت، بیٚیہِ تے کانٛہہ رُت چیز کانٛہہ درویش دِیہِ ہے یا یہِ پانہٕ
ہیہِ ہس۔ تم سأری أس فاطہ دیدِ ونان تہٕ پتہٕ لگان۔ گھرِک پوٚت شُر
ذرا سمجھس ہنہ یتھ درویش فرصت سان ژارِ ہے کران، تکیاز درویش اوس

نہٕ شُربن ناپسند کران۔ مطلب چھُ یہِ زان دِنۍ۔ کہ درویش اوس ہر لحاظہ یکتا پسندھی۔ دُنیا لحد زٲنتھ پول أمۍ سنتِ عیال پانہ ترک کٔرتھ یہِ شرعاً ثابت چھُ۔

اوِ کٔنۍ پزِ أمِس ستۍ رغبت تھاون واللبن زانُن کہ أمۍ ہٕندِ بو زندگی گزارنہ کھ طریقہ کاروتہٕ کوڈربو وتونِش چھایم زٲنۍ یاب رؤدمتۍ۔ یہِ چھنہٕ پوٗجتہٕ سالہ ترٲم زٲنتھ روبس وٚستھ اعتقادِک دَم دِنۍ تہٕ یہِ نعمت گتہِ تہٕ رِکتھ پأٹھی بنیاۓ تہِ مشرون چھُ فقیر مند چھاوُن۔ نفسِ امارہ حاصل کرنس چھِ بٔنیہِ تہِ کینھہ وتہ مگر دینس پننہِ مقصد دُوٗ لاگن چھُ کُل اولیاہن ہنزِ بیزأری کھوتہِ زیادٕ گمرٲہی۔

تم توحیدوان تہِ مہٕ أسوٚیم خدایہ ہٕندِس پاٗدٕ کٔرمتِس ذریاتس ممات قرار دِتھ حیاتس تہٕ شہادتس منکر بنان آسن، رب دِیہ نکھ دلِ بیدار تہٕ ہدایت۔ اوِ کٔنۍ کہِ مٔتۍ سلطانن چھُ 1982 ءِ منز یہِ اعلان کٔرتھ تھوومُت کہ میون اصل گواہ تہٕ گوٲہی چھِ وگے صأبس تاتھی پتہٕ نہٕ کینہہ تہٕ بٔ تہِ چھُس توے برملاتہٕ تنبیہ سان سارنے لوٗکن وٚنتھ درتحریر وتقریر تھاوان کہ ینہٕ کانہہ أمِس مست مستانہ درویشس یُس ہمہ اوست تہٕ ہمہ از اوست رٔکس درجس منزٕ بے دین تہٕ دیندار دین فہم تہٕ رہنما از بصیرت اوس تہِ چھُ۔ یُس کینژھا زانس منزٕ توحید تہٕ تصوف با مرشد و مومن با عمل اذکر اللہ رودمُت آسہِ ہکھ یہِ سرِ خدا ذرا پرزہ ناوِت۔ مگر گنہِ تہِ صورتس منزٕ یکھ نہٕ أمسنزٕ

زندگی متعلق کینٛہہ لیکھِت ۔زانیو شنیدہ کے بود مانندِ دیدہ۔

أمس مِتس اوس لایحہ عمل تزکیہ نفس حلال خوری تہٕ پننہٕ پننہٕ دینچ مکمل پیروی کرِنی ۔کانٛہہ تہٕ نشہہِ ہیکو نہٕ أمس فتویٰ بناوِت ساز وسرودِچ چھُنہٕ کتی ۔یمہِ عملہِ ستۍ نشہِ بھنگ وچرٕسس تیٚتھ لگان آسہ سہٕ مِحفل تہٕ سُہ وَت گژھنہٕ ذریعہ۔ اعتقاد ناوٕ یُن دِنہٕ۔ مَہ لار ناوِی یِتسِ ترکِ لذات فقیرس۔غیر شریعت بدعتس ستۍ ۔

أمۍ سُند روزِ انتقال اومسلمانہ پأٹھ باگنۍ ماتمی رِیتس یانے ۱۲محرمہ سبق عبرت اوس وَلے پزٕ رچھُ ییٚ زِ أمس نِش بھہنس تہٕ پزٕ ھ دِلہ زانہٕ کہِ یرادہ ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ بہت ہکھوی تہٕ یہِ دُنیا منزٕ گُذرنہ پٲٹھ ۔یمس یہِ پننہٕ نِس وَتھاہ اتھِ لبج یاپننہِ پیرہ رینگی وَتھاہ أس ۔تِموٕ رلیوٕ ودرویش ستۍ تہٕ یہِ مقبرہ بنوی رلھ مِلھ آماجگاہ تہٕ سُلہ صیب بنیوی وارہ روپوش۔ یہِ چھُ افسوس۔

عبدالمجید بزاز

بمنہ ،سرینگر

# جسم تہٕ روح حال سلطان درویش متو فقیر ''سلطان''

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم. کُل شیءٍ یرجعوا الا اَملہٖ

''قلم ہکھ نہ زبان ہُنتھ فنافی الشیخ وِجدانہ پَن'' ''یتہِ نہ عقل چھے دران روحِ نورانس اندر''۔

آدمس چھُ افضل المخلوق آسنک درجہ حاصل۔ انسانی تہٕ سماجیاتی مخلوقٕک آگورٕ چھُ قدرتن وسیلہٕ مادرو پدر تھوٚمُت۔ یہندی مرکزی کردارٕک نچوڑ چھُ أمی سُند اولاد در بطن مادر قرار سپدان یہِ چھ ہر رنگ دون ہند ترنگ بنان۔ تہٕ أمی سند بود و باشک چھُ یمنی دون ہنزٕ ہ کمأیہ یانے رزق حاصلوک تاثیرِ لبان۔ تہِ پتھ یہِ ذات شہود باروح تھنہٕ پیوان تہٕ أمسُند غذا ماجہِ ہیوٚند شیر (Milk) بنان چھُ تہِ یہ ساری جسمانی ذات چھ دودھ تراونس تأن أمی ظاہری غذا ہٕک عملی نمونہٕ ووتلان۔ شیر تراونہٕ پتہٕ یمہِ وِی ذرایعو بہٕ پلان بڑان روزان اَت یتی گھروک ماحول چھُ أمی سنزن عناصرن منٛز رلان۔ پتہٕ درسگاہن منزٕ أژھت أمی سند یتی بأج۔ موخصر ونو۔ یتھ پأڈی کہٕ یلہِ زن أمس مول موج کانہہ روزگار دیاونہٕ پتھ أمس طوق دنیا یانے کھاندر کران چھُ۔ تہٕ یہوی دور چھ عموماً أمی سندِ

بواپسی نعم البدل کردارٕک شروع تہٕ پہچان دِوان۔ کھاندرہ پتہٕ کأنسہِ اولاد سٕنز نافرمانی چھنہٕ أمی سُند کانٛہہ قصور زانُن تہٕ کیا زِ یتہِ چھٕ اکھ مادی مشین یا کمپیوٹر۔ یتیٚ اَت اُوت تانیت دیوٚ ت، تیٚ چھُ یہِ واپس دِوان۔ اکھ مول موج گژھِ پنہٕ نس تتھ دورس یاد پاوُن یمہِ مطابق غذا حاصل سپدِ ت تہِ کھیٚئت یہِ نوقطہٕ دربطنِ مادر قرار لبان چھُ۔ امہِ علاوٕہ دون باژٕن ہنز طرز اسباب آمدن تہِ کردار۔

غرض چھُ یہِ صفایی تہِ آگاہی دِنٛچ کہ سانیو پرانیو پتھ أسی تہٕ وٕ ٕس۔ سون نسل کِتھٕ پأٹھی چھِ دردنیا پھبان تہِ امہِ پَتھ کوس ہش پُتٕنَے generation آسہِ۔ یہِ پرزہ ناوُن چھُ پنہِ نہی بھبھہِ پورٕہ پأٹھی مُشک ہیوٚن۔

امہِ پزرہ تہِ ٹاکارٕہ عملی مشاہدہ گوژ یَت سرزمینس پیٚٹھ۔ أمی نظام عدلُک خدأیی راج وتاج آسُن یمہِ کِن اسباب اخلاق تہِ رزقِ حلال میسر بنیے۔ یمہِ ستیٚ یَتھ فأنی دنیاہس منٛز گذارہ دوہہِ شوبہِ سان نبر ہن۔ تہٕ انسأنی دُنیا بنہِ ہے نہ کالانعام بل ہُم اضل۔ دورزمانہٕ کیٚن حالاتن ہیوٚنڈ مشاہدہ لٔبتھ چھُ ثابت گژھان کہ یوٚتانیت یہِ انسأنی بشری خود ساختہ قانون تہِ نظام انسانن پیٚٹھ پُوشران روزِ۔ توت تانیت روزِنہٕ انسانی ذریأ ژبرزمین قرار ممکن۔

أمی خأطرِہ سوزاسہِ پروردگارن اکھ لچھ تہٕ ژوٕہ ساس پیغمبر تہٕ أخرس

نظامِ کُل ہیتھ ختم المرسلین صلی اللہ علیہ وسلم۔ یمن پتھ وحی سپد مُت نظام چھُ رب سندِ طرفہٕ ربہٕ سنز ذُریاۓ ژموجوبھی درتحریر فرقان موجود۔

رب پیٚلہِ کُنوی چھُ تہِ أمی سُند نظام مایکھ صرف مسلمانہٕ سندِ خاطرہٕ اووت موافق اُستھ۔ اوہٕ کنہ پذ ہیے کل عالمکن مذہب مانن والین دستورِ اسلام پورہٕ پأٹھی مطالعہٕ کرٕتھ سنون امہِ زان موجوبھی اُس ونو باوے ہر مجلسہ خصوصاً اسلامی اجلاسن منز تلاوت قرآن تہِ معنے پران۔ گوکہ یہ دستورِ دین چھُ ہر کانسہِ پژھنج ضرورت تہٕ کلمہٕ وول مسلمان تہٕ گوژہ پزی پأٹھی پوٚز مسلمان بنُن۔

مادیاتی نظام چھُنہٕ مذہبی طور مسلمانس قبول کرُن۔ نتہٕ چھُ یہِ بحکم الٰہی مطابق ربسی بغاوت کران۔ یہِ ہوی چھُ شرک عظیم تہِ۔ مگراتھ دستورس عملی شکل دِتھ نظامِ زندگی بناونس چھُ شرطِ اکثریتی مسلم ریاستی آسہٕ ٹنک۔ یتھ خلافت تہِ چھونان۔

أزیوٚک دورِ زمانہ چھُ مذہبس ٹھوٚر زأنتھ پننہِ نفسأنی خأہشات حاصل کرنس پتھ لگتھ نظامِ سیاست تہِ ہوس ملک گیری موجوب اون (Blind) بُنتھ سأری دنیاہس یک ملکی امریکہ راج کرُن یژھان۔ تہِ اسلأمی خلافت پنٕنز پأٹ نیخ کنی کرہ ژن زأنتھ مادیاتی خلافت خأطرہٕ پکھ وأہراوِت مسلمانن زیر پنجہِ رٕٹتھ مسلمان بیوٚل گالان۔ یہ سارنی چھُ أچھن تل۔

امہٕ کِن چھُ اخلاقی، سیأسی تہٕ معاشرتی تنزلانہٕ ادارہ تھزٕ رلبان۔
خوفِ خدایا بھگوان زانُن چھُ وہم وگمان بنیومُت۔

پوٚز چھ ییٖ کہِ وین چھُنہٕ کانٛہہ انسان آسنُک پزٕھی کران۔ یلہِ انسان تہِ انسانیت مولہٕ مو لہےلبان چھُنہٕ تہٕ مذہب پانٛژ یازانہٕ نچ کل کتہِ روزِ۔ افسوس صد افسوس۔

ڈلیو وین کرو روبہٕ ہشز اکہِ انسأنی کارنامچ موخصر زان کہِ سُہ کِتہٕ پأٹھی چھِ اَکس انسانہٕ سُند گرفت عقل ودلایل کھوٚ بند شومنز نبر کڈتھ پننہٕ نہٕ اختیار چہِ اکہِ زژٕستی بدلأ وِتھ ذرا پٔژن طاقت دِتھ جسمکہِ ضبطہٕ بدلہٕ روحسی تختیار پوشہِ راوان۔ پننہٕ تختیارہ اَت منز جائے رٹتھ حکمران بنان۔ تزکیہ نفس تہِ حلال خوری ہیچھ ناوان۔ اسہِ بروٚنٛہہ کنہِ انسانی صورتس منز خدأیی صفاتکہِ بمنشا مطلق العنان ذات بنان۔ تہٕ پس پردہ خوف آخرت و عبرتُک سبق دِوان۔ ربہٕ سندِ یژھنہٕ انسانی ذنمہٕ بدلہِ ملک صفات تہِ تہٕ ہدایتکہِ خأطرٕ آہنگر بنان۔ یم ہشز حرکات امہِ مادی جسم دور وچھان۔

"go through autobiograph of him"

اکہِ گامہٕ یعنے بدسگامہٕ یُس کوکرناگ گرشہ وُنہٕ وتہٕ پیٹھ موجود چھ امہِ گامہٕ کہِ اکہِ غریب مفلوک الحال زمیندار (کسان) گھرِ اوس اکھ جوان یمس سُلہ ناؤ اوس۔ تہٕ کھاندر کٔرتھ یُس زِہ کورِتہٕ زایہ گوو لگ بھگ ۱۹۴۷ ہس منز ہنگہِ منگہِ بظاہر پاگل۔ یُدوے امہِ بروٚنٛہہ گامچن گیون جماعژن

مژٕ تہٕ وسنس پیٹھ نژان تہٕ اوس۔ وُیِن یتھ یہِ مجنون گوٚتہٕ أمی دیوٚت نہٕ کأنسہِ پأنس کُن دخل دِتھ نہٕ اتھ لاگنہٕ کانسہِ اوس کنہٕ لایان۔ تہٕ لورِ ٹلان۔ زبان مژٕ گۍ تنبیھی کلام غالب یموٕ یہِ پہلوان زمیندار وچھمُت اوس۔ تیم تہٕ پۍ حیرتن۔ اتہٕ گھرس منز کانٛہہ اژِہے سٕہ اوس نٹھان کہِ سُلہ شیخ مانبرِ تہٕ دگہٕ مارکرِ پنٛنِ باژن منز تہٕ کتہٕ بٔییہِ ہے۔ تم تہٕ أس نٹھان۔ أمی سِند یو بھأیو صمد تہٕ وہابن گُرتمہِ وقتہٕ کٔنِ سارنی پیرہ علاجن ہنٛز سخ کوشش رُعب وداب تہٕ گزومارتہٕ کیا کرہن یہِ اوس قدآورانسان ترٹھ جن ہیوٕ ی بنیومُت۔ آخر کار تنگ پیٹھ کرُوک أمس گنڈتہٕ پھسوٕوک گُندس منز "یانے أکس لکڑہ گیلس اک زوٕ دِ گُرتھ اَت مژٕ کھور پھ ساُوِتھ۔ کرُک کمرس مژٕ بند"۔ اتہٕ دورِ جنوٚنتیس مژٕ أس أمس بھأبی کأنٛسِ زیبہ دید وُشکہٕ آب تہٕ بٔیہہ کینٛہہ کھوٚن زندہ روزنہٕ خأطرہٕ دِوان۔ أمسنز پترِ سوٚنی سنِدِ وننہٕ مطأبق اوس یمن وٕرین مژٕ اکھ خطرناک پچھور دوان ستره جأین۔ مژٕ باگ درامت تہٕ امیوٚک ژوکھ ژینہٕ پاک اوس یہِ اوٚنگجو ستی نبر کڈِتھ ہاوان مگر أمس ہیبت کرن وأرلس کُن کُس سنہِ ہے۔ اچ اصلیت تہٕ پزروٗ چھ مے أمسندِس سمکہٕ دورس منز کہِ أمس أس اَتھ جایہِ سفید ژم گمژی۔

۱۹۴۷ ایانے أمسنز خاندارینہِ وننہٕ مطأبق نونہ دراگھ ڈیشتھ ہتون یہِ پننہٕ نیو عناصر وڈلن تہٕ اَتھ حالتس منز گوٚو یہِ اکہِ وِزِ خشک سأُلی پھوٹرأ وننہٕ موجوب لوکھن ستی نفلس منز گوہن تہٕ پتہٕ موضع لسر مقام تہٕ۔ اَمہِ پتہٕ گۓ

أمی ہنٛز حالات جادے ہیبت ناک۔

اَتھ دورس منٛز رودیہٕ باہن وٕرین تائن۔ تہِ کینٛژ تفصیلی ذکر یتہِ ضروری چھنہٕ۔ ٲخرس ۱۲ وری اَتھ کمالِ جلالس پتھ آئ یہِ کم کینٛژھا نرمی منٛز تہِ تروپھن اکھ کمرہ۔ غیبچہ کتہِ اوس یہِ گوڈے ونان مگر پردن منٛز اوس نہٕ فکرے تران تہِ نہ بیہان تہِ ہیتہٕ کنٛز أس سأری نٹھان۔ وارہ وارہ شروپراؤ أمی۔۔ آدم بشریتکی ہولناک مشاہدات۔ شاید یہِ توہہِ سمجھ کہِ صفتِ خدایت کہِ ژکہِ روس سمندروک قطرہ گو أمس نصیب تہِ یہِ قطرہ کتہِ روزِ ہے شانِ قدرت الگ سپدِت یتھ پأٹھی زٲنیو کہِ انسانن ہُند اعمال وُچھِت اوس یہِ بے صبر گژھتھ۔ تبر، لورِمک یا کانٛہہ تہِ آلہٕ جات تُلتھ حملہ آور بنان۔ تہِ عوامی نظرن منٛز پاگل یا مجنون مگر خدایہٕ ہند حقیقتکہٕ بسکین جائ آمس نِش أسِت گس ٹٕ ہے فکر تہِ گس یہِ سمجھ اَز تہِ۔ یہِ اوس گھرِک کینٛہہ تیر رچھان۔

تہٕ وین جسدی سُی صورت مگر رب العزت ہنٛز صفتِ سمیع البصیر عطاء سپدِت سرِ وجود عین الحق۔ أمس نِش رود سوروی جہاں پڑہٕونی کتاب تہٕ مذہبہ رکن صرف لا الہ الا اللہ مگر درعشق روحی پروانہٕ محمد رسول اللہ ﷺ۔ یتھ کین گُو أمس مادی دنیا ژِھنہٕ۔ تہِ رود قدرت پسند۔ مذہبہ روس سأری مذہبن بنظرِ بصیرت وچھن وول تہٕ زانن وول تہِ یہِ سوروی زانون چھ مشکل بلکہ وَنو اَتھ تصوفٕچ زان توحیدس گت کرِتھ۔ اتھ مرتبس پٹھ گس

ہیکہِ أمس أشناوئہتھ نہ کورِی تہٕ نہ اولادی۔ بلکہ صرف تہِ صرف انسانہٕ سُند اعمال نامہٕ یمہِ مطابق یہ کُل عمر لوکھن ستی پیش ییہ۔ بیٚیہِ أنو سمجھ کہِ یتھنہٕ ؤیں أمس کانٛہہ مول یا رشتہٕ دار سمجھ۔ سُہ چھُ اَتھ راز دأنہِ ہُند سراسر دشمن تہٕ غافل بلکہ چھُس پانسی دھوکہٕ۔ (زان تھاوِو۔ سُلہ صیبس آسہِ زِکورِ تہٕ أمۍ ہندس بھالیس نچوٚ۔ درویش اَتھ وراثتی ٹھہراونہٕ موجوب آو سُلہ صابنہِ بجہِ کورِ بھایۍ ہندس نچوٚس ستی نکاح کرنہٕ یتہٕ پأٹھ بنٛوی یہِ گھرہ مشترکہ تہٕ یکوٹہٕ تہِ۔ اتھ گھرس منٛز ازیہٕ سوروی عیال خانہ دامادہ سوندی۔ پلان تہِ بڑان)۔

سلطان کی تفصیل حال زندگی کی کتاب از دست رجیدہ مطالعہ کیجئے۔

ذرا بوزِیو أمۍ ہند ادے زندگی ہند اطوار۔ یت زنم بدلی سراسر ناو پیوان چھ أمۍ ہنٛز کت روزنہٕ عام انسانس ہش۔ بلکہِ آسہِ أمۍ ہنٛز کتہِ واریاہ پردہ آسان۔ کت أس نہٕ سہل سہل ترُشرہ روس آسان۔ عام طور اوس أکسوند حال بیٚنس کُن ونان۔ گوڈنکس دورس منٛز اوس أمۍ سُند وہاب بھوئی نذرانہ رٹان تہِ أمۍ ہندس کمرس منٛز اژنہِ دِوان۔ کھنہٕ أس أمس تہٕ کتہِ بوزِت امیوٚک مانے زانون کران۔

أمۍ سُند جلالی حالت تہِ تیز مزاجی تہٕ بے بیم، پٹاولی ؤچھتی ؤن أمس لوکھ سُلہ موٚت۔ یلہِ نزدیک ینٛس جرات بنیوک تہِ أمۍ سُند اور یور گامن پھیر تُس پتھ ونوک أمس درویش تہٕ سبٹھاہ وقت أمس زأنن کاردراہ

پرزہ ناوِت دوپہس فقیرتہٕ۔

أمس نزدیک گرچھنس منز أس لوکھ ژھان۔ تہٕ کیا زِیہٕ گوژھ نہٕ انسانہٕ سنز بشری غلطانس پھیور دیوٚن۔ تہٕ خجل خار کرُن، زنانو لوٚگ أمس نزدیک یُن تہٕ پنیہ یاد آوری موجوب لاگیس نربن گر۔ اوِہ کنۍ رود أمسنز بن نربن منز ہمیشہ گرتہٕ واجہِ۔ وارِہ وارِہ اوس یمن گنہِ گنہِ وِزنہبر کڈتھ گنڈ کریت وگے صأبس حوالہ کران۔ یم سأری چھِ تبرکاً أمس نش مالِ موجود۔

ناس تہٕ تموک اوس امہِ گھرُک پرانہِ پیرِ پیٹھے اوت تان عادات تہٕ دروبشن تہٕ روود واریاہس کالس بجبر تموک چوان مگر ۱۹۷۷ء پت ۹۰ تأن وُچھ نہٕ یہِ دایمی طور تمأ کس ستۍ روزان بلکہ نہ چنبس برابر مگر ناس رودیہِ۔ یمہِ دنیا گذرنہٕ بروٚنہہ تر ہ ربت تام أسس بھران رجید صأبس اوس پیر شرع اسداللہ صأبن ناس۔ نستہِ ہنوک شوق دیوٚت مُت تہٕ سُلہ صأب تہٕ اوس گُنہِ گُنہِ یہِ ناوٕ ہنہٕ روس اشارہٕ ستۍ منگان تہٕ کران، ناس أسِس ترأوِتھ گُنہِ گُنہِ وِزِ أمس سخ تھوکہٕ وتھان تہٕ یم تھوکھ اوس یہِ پانس أہند پبک چھکان۔ عموماً اوس بجہِ تھوکہٕ اتھس منز رٹتھ پانس پتہٕ چہِ لبہٕ گُن زورہ سان دِوان بھُرِتھ۔ وچھن والین تہٕ ما آسہے من ڈلان۔

پیشاب (Urine) اوس نہ امہِ جسمہ ناپاکی نظرو مجھنہٕ دِوان یُدوے ناپسندید طریقو کران اوس۔ اندرہ کمرس منز بہتۍ گوٚژھ نہٕ نبرم گاش اندر

پیۆن یہِ اوس لئ دارِ بند کرناوان۔ زن تہِ اوس ہٕ ظاہری گاشِچ منت یژان۔

۱۹۷۶ء پتھ کوٚرنہٕ أمی زانٛہہ تہِ ممکناً لوٚکٹ یا بوٚڈ پیشاب گھرِ ہ نمبرِ۔ ۱۹۷۷ عیسوِیس منز میانہِ حاضری ژاوٗ اکہِ دوہہ پننہِ جایہِ۔ گھرِ نمبرِ ناہک جاءِ نش بیت الخلاہس منز۔ واریاہس کالس روٗد أتھ اندرٕ تہٕ لوکھ تہِ أسی نمبرِ ہ کنہِ پراران۔ أمسنز ہ زورہ زورٕ ہ کتھ بوزان۔ یہِ نمبرِ نیرِ تھوٗچھے کہِ أمی اوس پنٕن مادہ شکم پبٹھ کنہِ پچھن پبٹھ کوٚرمُت۔ امہِ نظریہِ مطابق اوس نہٕ یہِ پنٕن مادہ شکم عوامی ملبس ستی رلُن یژھان۔ گوکہِ امہِ پتہٕ ۴ مئی ۱۹۸۳ء ژاو نمبرِ ے بیت الخلاہس منز۔ اوٗ ئیل دورس منز اوس یہِ پننہِ گرچہِ تژہ پور جایہِ پبٹھ کھٔست طاقچس منز شوقہٕ سان بیہوان۔ تہِ کیازِ یہِ اوس نہٕ گھرِ ہ چولس دور روزن پسند کران۔ تہِ اتہِ تہِ اوس دان چولہہ۔ طاقچن منز بہتھ اوس زورہ زورہ کتھ کران تہِ گاہے پرون زمانہٕ یاد پاٛوِت گبوان تہٕ رٔبسی ونان۔

تہٕ نرین گرٛبن تہِ اتھ واسہِ ژرِ پوٚپ گرتھ آواز نیران۔

دوہس رٹ متٕن چیزن اوس پننہِ ژادرِ منز گنڈتھ بوٚکچہِ بناوِتھ اتھ راتس شاندہ کام ہبوان۔ گوڈٕ ہ ایامن اوس ژادھرِ تہِ پے تمٕن ایامن سوروی کھٔبہ حلمس بھران۔ یُد وے جاذٕ ہ گوٚب گژھہس ہتیلہ اوس اکثر طور ہبرِ ہٕ کنہِ کھسہِ وٗن کوٹیس ہیرِ ہ کھنہِ وٗن کونجس منز ڈھنان۔

ہونیٚن ٲسٕتۍ أسی أمس سخ لَے۔ تہٕ پانس نزدیک خاص اکھ ذٔرہ ناوان تہٕ تمہِ پتہ دروازس پیٹھ بیہاک۔ کُنہِ اوس وندہٕ کالس ہونیہ بچن ہلمس بھرت پنہِ لینفہ تل رچھان۔ دروازہ نیبر ہونین ہنز لٲن أس برابر دوشوٕنی سٕڑکن تأئی آسان۔ برونٛہہ گامہ منز کوکرناگ وتہِ تہِ ہیرمہِ اندہ اَچھ وَل کوکرناگ وتہِ تان۔

اکہِ دوہہ أس ڈورِک عزیز وگین بوٚڈ بنتھ بانہ تخن ناٹھ بھٔرتھ اوٚمت نیبرِ ہ اوس سخ باراں۔ اندراَژہ ونوی لوٚگن کھیوٚن مگر وارِوارِ گوڈٕ ہ پانس پتہٕ ہونس پتھ میٚہ۔ یتھ پأٹھی موکلوی یہِ سوروی بتھ بانہِ۔ عموماً أمس أسی زِہ تریم ہون ہتھ یکہٕ وٹہٕ کھوان یا اوس پانے آپراوان پنہِ نس اتھ بانس منز اوس کُنہِ وِزِ میٚہ تہِ ہونبس ٲسٕتۍ یکھ وٹھ کھیاوان تہٕ کأنسہِ تہِ ہٕکھ ہے اَتھ بانس کُن ظون دِتی مَن ہمی تہِ گرٕشتی۔

گوڈٕہ دورہ خانس غریبی رُکنی أس سٔت تہِ ٹٕٹھ چائے میر سپدان مگر أمس روزِیہِ برابر أخرس تأن جاری۔ کُنہِ وِزِ کانٛہہ نیبرے دودھ چائے انہِ ہے تیٚلہِ اوس أمس تہِ یژھ چائے ہُند پتہٕ لگان۔ یٚیلہِ زن ہتھ بڈٕ گامِک أمس اقرار ییتی بجہ دودھ گأو اَنان أمس، مگر أمس اوس نہٕ کانٛہہ پتہٕ تہِ آسنٕ لول بھران۔ یُس سبٹھاہ افسوس لایق اوس توٚے چھُس بہٕ تہِ از یمن یژٕ خودغرضی یاد پاوان۔

لوکھ أس أمس وٹہٕ روپیہ دِوان۔ زَن تہِ آسہِ أمس پرانبہ چاندِ

روپیہِ نظرِ یوان تہٕ کائنسہِ حق حلالچ وچھت رٹان۔ کاغذ روپیہِ اوس نہٕ سہل سہل زانٛہہ تہِ مانان۔ وٹہٕ روپین اوس یہِ پننہٕ قچن، رومالن، دجن، گوژرین، ٹھلبن منٛز بھران۔ جادہ روپیہِ سونبرِتھ اوس یمن سینس الوند ٹھیلس منٛز تھاوان۔ کُنہِ وِزِ اوس غیرتس یتھ رات کیٚوت یم روپیہِ آنگنس کُن چھکان۔

پننہٕ نس جمع کُرمتس اوس سخ رٲچھ کران۔ ہر کانٛہہ چیز اوس بلکہ سٕرٛن پنداُوتہٕ آس آسان اُمس نش موجود۔ پنہٕ نیو گنڈمتیو چیز ومنٛز یُد وے کھیٚیہ رُومُت آسہِ ہس تہِ یہ اوس لوکھن گدر گنج کران تہٕ خشمہ ہت ونان ہیہر وژوروکیا زچھوٕ ژورِنیوان تمن اوس نایُت طمع۔

ولایت وبصیرت اُستھ تہِ یلہِ کھیٚیہ راوِہس بہٕ اوس تٕت ژھپہِ ژھپہِ ژھاران تہٕ گھرک بٲژتان تہِ اُس دارِ بو دروازٕ وژلان۔

یِژھ عمل چھُ ثابت دِوان کہِ یہ کینٛہ ھابہ امرالٰہی اَت۔ شہودس تان از وجود واتہِ ہے تی اوس یہ بتر جمان آسان تہِ یہ ذات اک امین۔ یہِ چھ فقرِکس درجس دسگاہ تہِ بصارت میزان کران کہِ کس کتھ حدس تانٛی یم دوشوے نعمژہ ازرب عطاء چھ یوان کرنہٕ۔

سلطان صاب بطورموٚت، درویش، فقیرتہٕ انتہائی نفرت کرن وٲلس ہکھ نہٕ کانٛہہ اُمس ہکھ پاٚٹی روحانی درجہ یا منزل تہٕ منصب دارِ مقرر کُرتھ۔ حالانکہ یہِ اوس کُنہِ وِزِ یتہِ ونان۔ منگن وٲلس کیا زِچھو منگان تہِ

کُنہِ وِزِ زورہ آواز دِتھ یتہِ ونان۔ میانہِ پاسہٕ گرٕتمن احسان اوٚہ کٕنی پزِ یہِ سربز دان زأنتھ موجوب تہِ کم کینژھا پرٕژھنت حأصل کرنہٕ خأطرٕ رجید صأبن لیچھ مٕژ توأریخ سلطان اأمۍ ہندن لوتین پوتبن تہِ ژھارن والین پرٕین۔ یلہِ زن امہِ عنوانہٕ وُنستام کأنسہِ تہِ فقیر ہنٛز حالات زندگی یہِ مشاہدہ دید با دید لکھنہٕ آمٕژ چھنہٕ بیہہ تہِ یتس پُر جلال آہنگر ''جلالی'' صفت انسانی ملکہ ہنٛز۔ یس تہِ کأنہہ پنہٕ عمرِ ہ نزدیک ہوٚک نہٕ ژھٹہرت سوائے مصنف بہ شرطِ مخدوم صأب۔ یہ اوس نہِ پنہٕ نس کھلبس منٛز مخدوم صأبس تہِ پنہٕ نس پیر روحی رحم صأب بندبس بغیر کأنسہِ ہُند ناو بوزُن یژھان، اوٚہ کٕنی اوس واریاہن زأیرن بونہٕ کنہِ ات گامکس خانقاہِ سلطان العارفین تان حاضری دِنہٕ ونان۔ بلکہ کینژھن پنہٕ نس شرعی پیر عزیز الدین آڈھ دھرنہٕ کس مقبرس پٹھ سوزان امہِ گھر کبن نوَزادن ناوٕ کرنہٕ خأطرٕ تہِ اور گرٕژھنگ اشارہ دِوان۔ یتہِ تمۍ سوند اولادیہِ رزباشرع پکہٕ ناوان رود۔ امہِ مطأبق دیوٚت نہٕ اأمۍ کأنسہِ تہِ گیونک کأنہہ اجازت یُدوے دأخل جنونیت بروٚنہہ گیوٚنک دلدادٕہ، نژل وول وجد کران اوسمُت چھ۔ وٕنی اوس اَتھ گیونس غیرن ہند حرف قرار دِتھ ردکران تہِ اَتھ مبدل مناقب با رجوع سلطان حمزہ بوزون یژھان۔ امہِ کٕنی اوس اأمس بوسالت سأیلن ہند مشکلات حل کرناوٕنس منٛز وَتھ یوان۔ یہوی وجہ چھ کہِ رجید صأبن تمام مناقب اأمۍ ہنٛزِ زیوہ ہند فرمان تہِ رجوع۔ ۱۹۸۵ منٛز گوٚ اَتہِ عمہ صوف

تہِ راتس مگر أمی کوٗرنہٕ تتھ کُن کانٛہہ توجہ لال بازُرک مشتاق احمد انہِ ہیرہ سندِ
پیٹھ اتھ واہت اوس تمی سُند بوزان۔ یُس أزیوٗک تأن ترکِ سنت گوٗمُت
چھُ، یہ تہِ وَنو کہ شہر سرینگرس منٛز رود یہوی اک درویشہٕ سندِ اتباعی یانے
ترکِ سوٚنتس ہستی اوس أمس ترکِ آب تہِ گوٗمُت مگر مازہ رُوس بتہٕ اوس
نہٕ سہل زانٛہہ تہِ مانان حتیٰ کہِ ریش مٲل سنٛدن دوہن تہِ اوس نہِ یہ
ترک کرون مانان۔ پوٚز چھ یہِ کہ أمی ہنٛز خاندارہن أس سخ پابند تہٕ نہٕ
زانن مازٕ نیت انن والین أس واپس کران درویش اوس مازہ روس بتہٕ
نوٚژ کران۔ تہِ أتھے لگہن تراون اوسنہٕ۔ یمہِ حالِ جمالیتچ کریوزان۔

أمی سُند جسم اوس موئے بھرت قودرتن بنوٗمُت۔ ترک آب أستھ کیا
زن آسہِ ہے أمی سُند بشری جسد زوَن منٛز بھٔرت آسان۔ یُد وے پلونیر
کرُن زانہِ ہی نہٕ رات دوہ ہوی چاق وچوبند سپاہی سنید پاٹ زن تہِ
سرحدس پیٹھ تعمیلِ حکم۔ نصف درجن موزہ وندس کھوٗرہتہٕ کالہٕ کھورَن منٛز بند
بوٹ، نرہن کرٕ بار، دھجہِ تہِ ٹھیلہِ الوند گردنہِ ساڑن منٛز تیبح ہا شروکرٕ ت،
اونگجن واجہِ۔ ۱۹۷۶ تان ابزارلاٗ گتھ گہےیڈ پتھ بروٚنہہ زأ وجہِ ساڑِ گنٛڈِتھ،
بوقچہٕ ہستی ہستی تھاوِتھ" یہِ وَے بُھم ۱۹۶۸ء جولائی منٛزک تلمُت فوٹو وچھیو
مبے ہستی" أمِس شیوہ کرنہٕ دوہ۔ بحیثیت بشرزأنیو أمسندِ ہ مویک تہٕ دراز
ریشوک کیا حال آسہِ ہے۔ یہ تہِ زأنیو کہِ تھٕہن گنجان حالن منٛز کیاہ تہِ آسہِ
ہے أمی ہنٛز حالت تہِ کوتاہ برداش أمس گنہِ وِزِ آرامس منٛز أس أمس

باپتھ تہندِ ونٕنہٕ مطابق أمس رویس جلدی جلدی سان موئے قینچی ءستۍ
ہوان ۔مگر بشر بچہِ نوزک جایہِ تان، واتہٕ ٹک گس اوس مجال، پیٹھٕ جلالی
جسدی نزاکتن منز اوس نزدیک گاموک، ہلربوک اکھ نأیدتہِ شیوہ کرنہِ
یوان اننہِ کینژہ وِزِتہِ کوٚ رأمی جگرہ ژریت موئے رخسار کم۔ مگر یہِ ژول یمن
کھوری ہیتھ ۔تہِ دوبارہ گُس ییہِ ہے۔ یہِ کیازِ اوس کھورِ نوان یہِ گژھِ سمجھ
یُن۔

أمس جسمأنی اذیت کم کرنہٕ تہِ شوژ ایہِ برقراری تھاوٕنہٕ بابت گومے
یہِ خدمت کرنٕک توفیق عملی طور أمی سندُ وی تخفیفِ جسدی اِذا کم گژھنوک
توبہ قبول تہٕ مے لوٚب أم سٕندس کائناتِ دُنیاہس منز یہِ خدمت کرنٕک
توفیق باذن اللہ۔ تہٕ ۱۵ / دسمبر ۱۹۷۶ء رأژ آیہِ جناب مخدوم صأبؒ وگے
صأبُن تہٕ گھرہ باژبن فرموک کہِ پگہ بسی پیٹھ چھ ماسٹر جیس بدسگامہ سُلہ
صأبس نش ڈیوٹی۔ امہِ دورہ تہٕ رأژ اوسس بہٕ شہر سرینگرس منز بی ایڈ ٹرینگ
کران ۔ ۱۶ / دسمبر آس بہٕ بہ الہام باطن دیالہٕ گام تہٕ پیغام بوزِتھ ووٗتس بہٕ
سلطان صأبس نِش۔ تفصیلی حالات درتحریر سوانح سلطان )۔

امہِ دوہکہِ تحریر فأصلہ باطنی کاغذات تہٕ بیع نامہ چھُ موجود تہِ امہِ پتہٕ تہِ
رودُس بہٕ تا آخر أمی سٕندقول وقرار تہٕ وفا أمس نش لبھت ہوان۔ یم
کاغذتان أمسند دفتر کہِ حوالہٕ تحریراً موجود ومحفوظ چھی امہِ بیع نامہ پتہٕ گوی
جسدی ایذا کم کرنہِ موجب موٚت سلطان بظاہر وباطن ماسٹر جیس حوالہٕ

برائے خدمت یلہِ زن امہِ بروٗنہہ رجید صأبس أس شرعی پیر اسد اللہ صأب سیر کانلی گنڈ ٕسند طالبیت منٛز۔ ژوداہن (۱۴) سلسلن ہُند خط ارشاد حاصل آمُت۔ یتھٕ پأٹھی بنیو ماسٹر جیس أمس بلاتشبیع جنگلی مارخورس نش نِوہ سرہ طالب بنُن۔ پتمس ٹھانڈ دِتھ خاکھ بوزِ گرٛھون وین بنوی ماسٹر صأب (رجید) أمی سُند سرتاپای صفایی کرن وول (حجام) أمی سُند واتُل۔ واتن وول نچوٗ تہِ یتہِ ونو کہِ کانٛہہ اولاد کیھ نہٕ مأل ٕسند نوزوک اعفائی رسایی ؤ پیراوِتھ۔ امِک کم تہِ جارہ گواہ چھ أمسند خاندار بن تہِ پتہ کوٚرتہِ۔ بلکہ تِم تہِ یِم راتس یادٕ ہس سلطان صأبس نش یوان رودمیانہِ شرعی زندگی گو کُنہِ حدس تان دور بر مگر ساروی کھوتہٕ پڈتہِ کرِ یٹ تبریانے ترکِ سنت رود شرط سلسلہ سلطان سہروردیہ۔ یتھ پأٹھی مدت سنت سُلہ صأبس باہؤری باگبنہ آمت أس تہِ وِیں ماسٹر جیس پنداہؤری۔

درویش جنسیاتس پیٹھ عملاً قابو لُبتھ اوس ہر جنسیاتس منٛز بہتھ آسان۔ پاک عصمت مستوراتن ہنٛز کھونہِ منٛز بہان۔ یا تِمن پانس پتٔ کن دِوان بیہنہِ تہٕ ڈوکھ دِوان۔ یہِ چھُ منزل ملکوتک واضح ثبوت یُس ہر کانٛہہ وچھان اوس۔ أمی سُند ہراعضا اوس شوژتہِ ہوبوہ۔ یہِ أمی پانہِ وون أس چھِ پاک اڈھ "رحم صأبنس مقبرس گرٛھت بواپسی وون سلطان صأبس ۸ر ستمبر ۱۹۷۸ او مرشدنا، مرشدنا، نگاہے شہید سلطان"۔

دوہ دوہ گرٛھت گوٚ ویہِ ولایتہِ وبصیرتہِ موجوب سأرسی وادی منٛز

مشہور۔ اِذن شفایت بسماران دسگاہ مشکل کشائی ہُند وسیلہٕ بنہٕ کن بنیوی اتہٕ لوکھ مبلہِ تہِ کیاز اتہٕ اوس نہٕ کانہہ پُرسانی، دوہلہِ ینہٕ والین اوس نہٕ کانہہ جادہ خرچہ لگان۔ بلکہِ اوس اتہِ چندہ ژورِ ہُند تہِ اندیشہ روزان۔ أمس نزدیک گژھنس تہِ سوال و جواب حاصل کرنس منز آسی ساری اکھ اکہ سُند کھوتہٕ بے تاب روزان۔ بروٚنہہ کُنہِ جای ریٹمِت آس نہ سہل سہل تھوٚ دوی وتھان یہِ وٚنتھ کہِ درویش چھُنہٕ جوابی ونان باسنان۔ یتھ پاٹھی أس ینہٕ وأل وٚدھنہ وٚدھنہِ آرہ لاگان یمہِ ستی سخ ژُر گیوٚش تہِ وتھان اوس۔ پتھ پتھر بھِیہ نأوِت تہِ اوس نہٕ کانہہ مطمین روزان۔ بروٚنہہ کُنہِ زنانہٕ آسہٕ نہٕ تھوٚ دے وۅتھن مانان۔

درویش تہِ اوس نہٕ کتن تھکی کران۔ مگر فکر ترنس منز أس کم کینژھا سمجھ دارشونکان تہٕ واس ہتھ نیران۔ کینژہہ أسی أمسنز ن کتھن منزی جواب رٹان تہٕ نبران۔ کُنہِ وِزِ اوس سلطان ژھوپہ کرٕتھ بیہان تہٕ لوکن ہُند شور وشر اوس زن تہِ أمس سُرنئے باسان۔ تہِ لوکھ أس دوہس بند اگژھان، گھیے اوس آسان ام کینژہہ تام اتھس منزی رٹتھ پھبرہ تھُری کران۔ زایرین أس حیرتس پیوان کہِ أمی کیاہ روٹ یہِ اتھس منز تہِ اتھے کرون آوٚر۔

وندہٕ کالس أس لوکھ أمس تہِ اتھ گامس وبالِ جان بنان۔ راتس ڈوکن والین اوس نہٕ یڈ کھبہ پیوان تہِ ژھرِ کانگرِہ ہت گھرِہ گھرِہ نار

ژھانڈنہٕ گژھان۔ مگر تمن کُس چھُنڈ أسِ۔ یمن اوس گھرہ وأل بے عزتی تہٕ ہَندِ رَندہ تہِ کران تہِ ونان یہٕ اوسوک تہِ کرو درویشس یا أمی سندِ بن گھر کیٚن حوالہٕ تہٕ وٕیں کُت چھوکھ دربدر پھیران۔ یِیلہِ زن عموماً یمن گامکیٚن تہٕ زنانن تہٕ ملہ کلوتہٕ کھٔنہٕ ڈھول ستی آسان أینمِت یہِ اوس آسن سُلہ صابِنس دِیٔ دِہ چھلہ چھانگرِہ گوٚمُت آسان۔ یا کأنسہِ نِمُت آسان۔

راتس أس یِم مردو زن مُشیدہ منز فاقہ پھورِ روزان مرد مسجد ٹاٹن تلہٕ پیٹ کُرتھ شونگان تہٕ زنانہٕ حمام کیٚنن پٹھ شُرِ بن ہُند فصلہ أس سران کوٹین منز بھران۔ یتھہٕ پأٹھی اوس درویش تہٕ زأیرامہٕ گامہٕ خأطرِہٕ وبال جان بنوٚمُت آسان۔ اتھ گھرس تہِ أمی کیٚن خاندارن کیاہ آسہِ ہن ونان یہِ گُر بو توہہِ پانے اندازہ۔ یِیلہِ زن اکِہ دوہہ گژھتھ دویمِہ دوہ رأژ بباکھی جماعتاہ یوان گژھان أسِ، یہِ مفتوک لوکھ سیلاب رود برابر ۱۹۸۸ء تان جأری۔ تہٕ امیُک بھاراوس أمسنزِ ی خاندارنیہ پیوان تُلُن تہٕ وہتہٕ راوُن۔

مردہ رنگ رودنہٕ أمس اتھ کاروانس منز برادر وہاب شیخنہ پتھ کانہہ تہٕ نہٕ دوہسی تہِ نہِ راتسھی حأضر۔ وہاب تہِ زِیہِ دیدِ پتہٕ بنوی أمہِ گھرُک مألک سلطانہ سُند زامتُر تہٕ درویش بھائے۔ درویش سُند مشہوری ستی گوٚأمی سُند داماہ دُنیاوی ترقی تہٕ رسوخِ سیاست حأصل کرنس منز آوٗر۔ یُہ دوے پننہِ مکانہٕ نبرِہ کنہِ اکِہ اندہ مشترکہ کوچھِ اکِہ اندہ دوکاندأری برابر جأری روز تہٕ بحیثیت دوکاندار تہِ آمدنِ درویش بڑھنہٕ ستی بنوٕیہِ گامس منز غریب

گھرن نفعَس پیٹھ مالی امداد دِوان تہٕ خاندرن ہنٛز تیاری تہٕ تہنٛز ہر رنگ اخراجات ۔ تِمن بھیم کران ۔ دہم پاس کرتھ أمسُند کوٗنٛشر بھوئی غلام رسول بنوی تعمیرات خانہ واخراجات وآمدنوک دگہٕ دار ذمہ دار خانہٕ ۔ تہٕ پتھ أمس ملازمت بٔنتھ گوئی اتھ گھرس واریاہ بٔھر ژر ۔ تہٕ ایژھی روز أمسنٛز خاندار بٕنہٕ تہٕ ہوٗل گنٛڈتھ یتھ پاٹھی گئے تِم ۔ دوکاندأری، سوداگری، تجارت، زمیندأری تہٕ لوٗکن ہند بن نیاین اندبوٗ ردنہٕ کنٛہ معاملاتو ستی محوِ کارِ دنیاتہٕ اندر درویش ستی وُچھنس تان روزنہٕ یمن فرصت ۔ گھروک خاندار رودسالہار أژھن تہٕ دوہن گھرہ نبرِی، تہٕ لوکھن ستی رودنہٕ یمن کانٛہہ ربط ۔ تہٕ نہٕ دیوٚت سُلہ صأبن کأنسہٕ یمن مُداخلتوک اجازتی ۔ اتھ کاروانس منٛز اوس فاطہٕ دیدِ تہٕ سلہ صأبس پتٕر سوٗنی عموماً آسان ۔ میانہٕ حأضری منٛز مے یہٕ سوری اَمہٕ گھرُک بھور ۔ سُلہ صأب تہٕ زائرین وِ تہٕ راوتُک کارِ بے نکھس ۔ تہٕ امہٕ کِنٛز اوسوس یہٕ درویشس نکھس نکھ رلاوِتھ أمی سُند پٔژلووی ۔ تہٕ کل حالات اوس میون مشاہدہ امہٕ نشہٕ تہٕ رود امہٕ گھرُک خاندار بے خبر سُلہ صأبن کھاندارن أس تِمن دوہن آسائش تہٕ آمدن حأصل کران ییلہٕ تہٕ یہٕ حأضر آسہٕ ہا ۔ تہٕ سۂ أس مے مدرسہ رخصت تھاونہٕ خأطرٕ سُلہ صأب نوی پاس دِوان یہٕ وٕنتھ کہٕ نہٕ حض یتھ چھُنہٕ از گھرس منٛز کانٛہہ موجود تہٕ ''درویشس گُس واتہٕ''۔

اتھ سأرسی عیالس أس دوہس کارچ تھکاوٹ تہٕ زٕژر ہندس آرامس

اُس نہٕ دِوان خلل گژھنہٕ یموٚ وجوہاتو کِنۍ روزنہٕ اتھ خاندانس درویش تہٕ
عوامس ستی کانٛہہ جوڑ تہٕ رود گُلس پیٹھ بے خبر۔ اُمی سُند زامتر رود سُلہ
صأبنہِ دادِ ۱۹۸۲ء منز کینژھن دوہن حأضر تہٕ تمہِ پتہٕ اَخری دوہن وٕری ین
رودرأژ وقتس گھرِ موجود۔ تمن دوہن ییٚلہِ سُلہ صأبنۍ ناتوانی منز یہِ بوٚنہٕ
کُنہِ لوکھن وأر دِوان تہٕ بہٕ ہبر کنہِ واسہ دیاوٗ ناوان رودُس۔ اتھ
موخصر وقتس گےٚ اُمس لوکھن ہندروےٚ نظر تہِ زأن تہِ ۔اتھ بدل اوس اُمی
سُند کونژھ بھوٚی غلام رسول دوکاندأری تہٕ ملازمت حأصل سپدنس منز کِس
دورس ہرشامس گھرِ موجود آستھ درویش سُند پُرسانِ حال کران۔ سلطان
صأب ۱۹۸۶ء منز تونہِ بوٚن چاےٚ ستی دزنسگین ایامن اون مےٚ یہِ نزدیک
گواہ درکارِ خدمت تہٕ میأنس مشورٕ ہ علاجس ستی رود معاونت کران۔ تہٕ
اَخری ایامن منز سخ فکر مند بلکہ ہرکوششہِ منز اُمی سٕندس نفسس کھٕ
چاونس منز تہِ ۔ بعدِ انتقال درویش بیوٚن نیرتھ پریوٗ ژھ نہٕ اُمس کأنسہِ
تہِ ۔ تہِ کیا زِنوبن رنگے سیارن چھنہٕ کُنے طرفہٕ تہٕ اصلی حالاتن ستی کانٛہہ
زان تہِ نہ کانٛہہ دلچسپی اصلیت زانہٕ نچ۔

سلطان صأبن ظأہری قول وفعل تہٕ سری مجنونانہ کردار نظرِ اَنتھ اَس
سأری جنوبی کشمیرک واعظ، مبلغ، پیرتہٕ جأدگر لوکھن تنبیہ تہٕ نصیحژ کران کہِ
یتھِس غیر شرعی مُتس نش گژھن چھُ خلاف شریعت تہٕ فتویٰ کُفر تہِ اَس
دِوان۔ اُمس اُس تمن لوکن ہنز نفرت یِم موزی تہٕ جلالی کلماتن ستی لے

تھاوان آسہِ ہن۔ سحرن تہٕ جادٕ ن اوس پانہٕ تہِ کھوژان۔ سلوکُک اوس یہِ حال سلطان کہِ حضرت نہ اوس دِوان ونٕنے تہٕ نہٕ اوس ونان بلکہ اوس حضرتہٕ بدلہ حض استعمالِ زبان کران حرفِ رتھ نہٕ کھٕنہٕ۔

لوکن ہندِ آوجاؤک چرچہ رود بڑان تہٕ درویش ہیوتن بارِ خلقان ستی جسمہٕ کن کمزور وضیف گژھن۔ دند درائے وارِ وارِ تہِ خاصتاً گوی ۱۹۸۶ پتھ نظام ہاضمک اکھ ضروری اعصاب بدن فوت۔ دند نیرتھ کتہِ اوس یہ تھاون أمِچ تہِ کوس کس کیاہ ضرورت فکر آسہِ ہے۔ مگر یہٕ اوسُس أمِ سندس ہر مویس حاصل کرتھ محفوظ تھاوان۔ یتھ پأٹھی رود مبے نش أمِ سندزہ دٕند اکھ بروٕ ہم تہٕ بیا کھ أڈیم۔ بلکہ اولہٕ پیٹھے أمِ سُند موے رخسار۔ بدن تہٕ خاصتاً بُمن ہندِ وال یم زیٹھان أسٕس تہٕ قینچی بدلہ کھینچت سونبھرت تھاوان اوسس أمِ سند تمام پرأنہ وار، موزٕہ، بوٹ، ٹوپہ، تسبیح، فبرن، واجہِ، کر، کھراوٕ زیرِ ناف کاٹہِ (تہہ بند) دھجہِ، ٹھیلہٕ، اخبارات، تہٕ تحریری دستاویزات اکھ بڈ المارٕ ہتھ موجود و محفوظ۔ در امانت خانہ رجید پیٹھ دیالہ گام چھِ یہ کت تہِ چھ زِ ہتس تھاؤن کہِ یہ فردِ ذات اوس ہر چیز یا کُنہِ تہِ ڈالہِ حلال تہِ عشقہٕ یزدانس ستی انن وأل سندس اعمال نامس گوڈہ پرکھاوت ادھ قبول کران۔ ورنہٕ ہیکہِ یہ مادیاتُک اکھ بوٕڈ پہاڑ جمع کرتھ۔ لباسہٕ رینگ تہِ اوس یہ تمی سُند وی فرین قبول کران یُس بنظرِ بصیرت أمس بارِ اعمال بنہٕ ہے تہِ ایزٕ ارچ حبل تہٕ جسدی سری اذا مطابق اوس یہ زیر

ناف دھجوٕ ستۍ ولان تہٕ یِم یہِ زنانٕنۍ ہیوان اوس۔ مگر کمسی کالس پتھ کرمہٕ
أمس اتھ متبادل تہِ رہتِ تنخواہ رٔٹتھ کپڑس ڈھاین میٹرن تہہ بند بنأوت
أمس لاگنچ تہٕ زیرناف وٕلنچ ٕحکٕل۔ یِم تہہ بند روٗدس بہٕ تا آخرأمس لاگان
تہٕ کٕڈان تہِ۔ بیٚہہ کانٛسہِ ہُند اوس نہٕ یہ مجال۔ یِم سأری چھِ مےٚ نِش أمۍ
سندِ استعمالہ پتہٕ موجود، کھٕنہٕ زِہ، ترٕہ بیٚتھ أکس نزٕہ أنت مہٕ لأجمٕژہ تہِ
پونژہن ؤری ین ہندِ سفرِچ کتاب درتحریر کرن چھنہٕ سہل کھتاہ توہ پتہٕ تہِ
أمس روٗدُس بہٕ درویش ہندن ہم عصرن پننہن تہٕ پرادین نش شہادتہٕ لبتھ
رٔٹتھ لچ مہٕ أمس متعلق حال زندگی سٕہ تہِ موخصری ترہن ہتن صفحاتن پیٹھ
اردو زبأنی منٛز تا ۲۰۰۰ء۔ لیس طباعت کمپوز کٔرتھ تا حال اگست ۲۰۰۹ء
چھاپہٕ نس پراران چھِ۔

أمۍ سندہن أخری ورین منٛز پیوٕہ لوٗکھن ہندِ دباوٕہ تہِ أمس کم کینٛژھا
آرام دیاوٕنچ لیچ مہٕ سخ فِکر۔ لوکن ہندِ بےنظم وضبط جماوٕ سنٛی اوس ہمیشہ
دوٚہس ترہ جاےِ بدلاوان۔ یمہ ستۍ روٗدٕ گمتٕبن تہِ وأرأس یوان تہٕ جادہ
پسندیدہ بٕبٹھال اوس أمس باپترہ سنٛز تھٕب غنی ابن صمد شیخ، امہِ کہِ برکتہٕ گو
أمس سارنی سیاسی نابدین ستۍ زان تہٕ پنہٕ نٕبن اولاد لاٚ گین نوکرہن تہِ۔
یہِ رسوخ کوٚر أمۍ ہرلحاظ حأصل یٕیلہِ زن درویش سُند زامُتر صفرہ درجہ کہِ
گھرہ بناونس منٛز شب وروز پنہٕ نسیٕ گامس تہٕ علاقس منٛز احاطہ کٔرتھ رود۔ تہِ
أزیوٚک تام کاروانہِ سلطانہ نشہِ اَن زان تہِ تیشہ ہوٚت میانہِ حأضری منٛز

اوس یہِ ممکن گژھان کہ دوہس ہؤر کھٔسِت دروازہ بند کرٕتھ تنہا تھاوُن تہِ
اوڈ گھنٹہٕ پتہٕ بیہہ لوکن سمہ کھنۂ دِیوٚن۔ مگر لوازمات ترقی خانہٕ تہٕ سیاسی
اثرہ رسوخیک لوکھ ہتبن یہندسی ونہٕ نس پپٹھ دوہ پتہٕ رات کیٚوت ہن۔ تہِ
امہِ علاوہ تہِ زر کہ ہوسہٕ دیوت أمِ سند دامادن رأژھ ملاقاتُک موقعہ۔
لہٰذہ دارن وارہ وارہ پیوہ امیٚوک اثر درویش سٕندس نظام ہاضمس پپٹھ تہِ
معدہ ہیوٚتُن لاغر گژھُن۔ دوہلہِ تہِ أس وِیں درویشس نیندرِہ ڈھولہٕ یوان
مگراَت گُس سنہِ ہے۔ یتھ پاٹھی اوس وُیں یہِ دوہِ کالہِ ناٹھ رسہ بتہ
کھوٚان تہٕ تیز دندوٕستی أڈجہِ دار ماز کھوٚان وول پیو ضعیفی منز۔

أتی ایامس منز وُتلیہٕ مزاحمتی تحریک تہِ جادہ وقتس رودآو جاو بند۔ تہِ ہر
کانٛہہ اوس نبر نیرنس کھوژان۔ گھہے اوس یہ عیال بار پہول گُنوی زون
حالِ برگشتہ پیش کران۔ ہمسایہ گامکین کینژھن رودوِیں سہل تہٕ تنہائی ہند
ملاقات۔ مگر کانٛسہِ تہِ وُژنہٕ یہِ دگ اَمابَس ماچھِ غذأیی وتہِ دودھ یابیہِ
کنوک ضرورت۔ ماہ جونہِ تہِ بجہِ عیذ دوہہ کھیوہ أمِ قوربانہ حاضری خوب
پاٹھی تہٕ پتھ نہٕ کھٔیہ أمِ سُند سینہ اوس ووشلان تہٕ یہِ اوس نہٕ پننہٕ نس جسمس
پپٹھ کانٛہہ پلوٕز رناونہٕ دِوان۔ چونکہ جادہ کالس کھیوہ أم سفید مُتھ تہٕ ہمیشہ
بڈہ ماز۔ تہِ ٹیٹھ چائے تہٕ سٕتی۔ امیٚوک تاثیر دراوٕ ہنہاہ نوٚن رات دوہ اوس
تریشی اووت چھوٚان۔ دودھ ٕلسی تہِ چبن کینژھن دوہن۔ غنی شیخنہِ تنبھ
روس اوسوس نہٕ قراری یوان متواتر تریشہِ ہندِ زورہ کھوٚت أمس کھورن

زنگن وَرم۔ موخصر اَونو کہِ گفتارتہٕ گو بندتہِ کوٗٹھی تہِ بیٹھ۔ یہِ واریاہ مدت برونٛہہ آو أمۍ سُندے وُنن درعمل کہِ ''سبز پوش سلطان کھونہِ للہِ نووم زونم سلطان پیر''۔ ؤیں اوسٕن بہٕ یہِ کھونہِ منٛزۍ تٕلان تراوان۔ ہیوٚر کھالان، أمس شاند بنان۔ سینس ستۍ تھاوِت ڈوک بنان۔ تہِ شُر زنمہٕ سُلہ تہِ بہٕ أمس ماجہِ خونم دبِہ ہندِ پاٗٹھۍ رودس وُہن دوہن للہِ ناوان یہِ تہِ تھاوٕیو ژٕتٕس تہٕ رٹھوٕ عبرت۔ تتھٕن أخری نزاکتہٕ کٕن عارضی شٕبن منٛز رودنہٕ أمۍ سندِ گھرہ بأ ژھٕبن منٛز تہِ کانٛہہ موجود حاضر۔ یہِ آس دراصل مےٚ خوش بختی۔ کہٕ آخری ساری ژِھۍ رلأیَ أسۍ دوٕبوہ أمِسندس آخری شاہس تأن۔

گرمی تہِ مُہرأ ژٕبن مے ستۍ مچھر دانہِ تل أمۍ سٕنٛز بےقراری تہِ زچہ بستہ بدلی اوس میوٚن مشاہدہ کارتہٕ أمۍ سٕنٛز کُل زندگی ہُند پسرانہ و پدرانہ حکم ایزدی بٹہ وارِ صبح لوٚگ أمس تُلہٕ تراوٕتہٕ مےٚ سوزنأیَ أمۍ سٕندِ زامنتر سندِ ہ حُکمہٕ أمسنزِ ہ کورِ یَس وانہامہ دبٕالہ گام باگنۍ آمژ چھ سوز أمی گامُک گُلہ ملکؔ واوہ پاٗٹ نادس تہٕ بواپسی ٹانکس پٕٹھ آیہِ میانہِ خاندارٕن تہِ نٕچوتہِ۔ زٕ کورِ روز اندر کٕچنس منٛز ملاقات کران تہِ فاطہٕ دیٚد آیہِ سُلہ صأبس نِش۔ درویش اوس کینٛہہ تام اشاروٕ ستۍ منگان تہِ ڈُتس تریٚشہِ ٹورأتھ رٹنس آسنہٕ أمس ہِکت تہٕ چون نہِ کینٛہہ تہٕ أخرس ڈِتُن میانہِ خاندارٕنہِ تریٚشہِ ٹورسینس گُن دأرِتھ۔ امہِ برونٛہہ تام تروو گُلہ ملکن أمس أسس منٛز کینٛہہ قطرہ أمۍ روٹ نہٕ کینٛہہ تہِ شاید اکھ قطرہ ووت أمس ہرہ وأ لس تأنی۔ أتۍ وقتس آو

گُس تام زلہ ڈور یک غفار پوہل تہٕ سُلہ صأب مےٚ گُن پنٕنہٕ ڈٕ کہِ أست کرُن أمس أم زنگن واش۔ یہی وچھان کہ فاطہٕ دیدٕ اوس أمس ستی اتھ روٹمُت، وچھن تہٕ ووٚنُن ماسٹر صأب یہِ کتہِ حض تہِ کر یکھ لابن دوشوی کورِ تہِ آیہِ بروٚنہہ گُن تہِ گو اعلان سلطان صأب درأویمہِ دنیا۔ چونکہ تحریک مزاحمت أس زورن منز تہٕ سرکأری طوراوس فوٚج حکمرأنی تہٕ کُل کٔشیر أس بند۔ اِوہ ٔکنی پلہٕ زِیسی سُلہ صأبس پنٕہٕ نی ہمسایہ تجہیز وتکفین کرنس منز۔ مےٚ دیوٚت أمس أخری غسل۔ اتھ کٔشیر بند نوزوک وقتِ انتقال أس کم کینٛژھا موجودِ حاضر۔ سلطان صأبن خاندارٕبن، وگے صأبن خاندارٕبن تہٕ نیچو۔ کالے میٚہ بلووُمت برنیچوک محمد یعقوب خان زنگن واش کرن وول غفار پہول، امہِ گامُک گُلہ ملک، غنی شیٛخ موچی، سلطان صأبنہِ گزرنہٕ پتے پہٕ ہنگہِ منگہٕ کم عمر مولوی نثار احمد ساکنہ بان تہِ وأتتھ۔ تہٕ دروازہ داسس پیٹھ بہتھ ووٚن مےٚ أمی سران دِنُک شرعی اصول، یتہٕ پأٹھی آوأمی سندِ ماجہِ خونم دیدِ طرفہِ عزیز شاہ، أمی تہِ سود مےٚ۔ سران دنہِ پتہٕ دیوٚت مےٚ کینٛژھن کوٹھِ بوٚن آب بطور ثواب تراونُک اجازت۔ أخرس پوٚرس میانہِ بدلہ نماز جنازہ مولوی عبدالحقن۔

مطلب اصل چھُ یتہٕ کہِ بعد روپوشی سلطان چھاہ کانٛہہ یمس گُنہِ طرفہِ یا طریقہِ آئین شرطِ سلطان ترکِ سنت گأژھت أمس نش کینٛہہ لوبمُت۔ أمہِ نأیِ تہِ أمی سُند ربط اوساہ کأنسہِ بظاہر زندگی تأثیر تہِ گوٚمُت۔ أزبوٚک

تام گوی نہٕ کانٛہہ درعمل اثبات۔

یہِ تہٕ چھُ ثابت کہِ یم فنای فی الشیخ مناقب۔ سلطان سہروردیہ چھپادِت ہر کانٛسہِ نشہِ وٲت۔ تِمن یم بزبان سُلہ صاۍب بزبان خود گوڈنیُک شعراوس دِوان مثالاً کلمہ وندیو شاہ سلطانو۔ سلطان چھُم پیرِ کامل کامل بیترِ ہ یمن مناقبچن کتابن مثالہِ پٲٹھی نداۓمتکو آلو۔ أشی ہیٚتی پوشہِ پھیٚتی ۔گلدستہ سہروردیہ بیترِ ہ ورتُواہ تِموٗ مٕژ کانٛسہِ کُنہِ رٔنگی یم أمہِ مقبرکہِ حوالہٕ پاسس سلطان صاۍبن (پدرم سلطان بود) اعلان کران رُود۔ یمن مٕژ ؤتھی گیون وٲلی، ریش پرہیزگار ناؤ تھاوِن وٲل۔ تہٕ الگ الگ مرشدن ہند وضیفات وعملیات ورتاوِتھ ون وٲل ابیہہ سلطان صاۍبس باج دنکہِ درجہ رٹن وٲل۔ چھاہ یمن أمی سٔندِ ہ مناقبن أزیُک تام زوگمت یا بزبان ورتومُت ییٚی ونو کہِ تِمن ان پڑھ درویشن چھُنہٕ امیُک کانٛہہ جبوی یُدوے یم بررجوع سلطان العارفین ٹا کارہٕ پٲٹھی چھِ بلکہ ریڈیو کشمیرہ پیٹھ مخدوم صاۍبنہِ یوم وصالہٕ پیٚش یوان کرنہٕ یانے سلطان ییہِ سونوی۔ بوزِ سلطان ٹُلہ ویں قلم بیترِ ہ بیترِ ہ۔

تہٕ ڈین دردست کتاب یُمہٕ فقیر سلطان صاۍبنٛ حالِ اداتہِ مرتبہ و مدح ہتھ تصویرکشی کران چھِ یہِ موخصر تحفہٕ زندگی فقیر چھِ صرف مکالمہ بادرویش تہِ وظیفہ بارجوع درندامت۔ یہِ بارگاہِ الٰہی بوسیلہ فقیر، اُمید چھِ کہ توبہِ ستأری امہِ ناوِہ شہرت ژھارن وٲل تہِ عام لوکھ پوٚی پالیس تہٕ کربو اصلیت

زانٕنچ ظأہری تہٕ روحی کوشش تہ استخارہ۔ اعتقادس مہ بنأویوٚ بداعتقادی۔ تہٕ میۓ ژلہٕ نأیہٕ ہیوٚک نٔو جوان نسل غیر شرعی طریقہ کاروتہٕ سیاسی چالبازیو ہتۍ یہٕ چھُ ننہٕ وانہٕ فقرس زاف ژانہٕ نس برابر تہٕ تصوفس بُت نیہہ ناونس کھوتہٕ تہٕ کریوٹ تہٕ افسوس۔

احوال زندگی سلطان صأبن گھریلو گواہ چھُ کم کینژھا أمی سُند باپتر غلام رسول شیخ تہٕ۔ تہٕ باپتر سُند نچو ابنِ صمدیُس درعمر پیری منز چھُ گھر بہت یانے غنی شیخ سلطانہٕ ہنٛز کورِ ہُند عیالِ خام پوٚت، کتھ ہکھن ہتھس جلالی درویش ہنٛز کاٹھہ حالِ بلوغیت وٕنتھ یمہٕ کس زانہ نس منز پزہٕ یمن پنہٕ نسی ووستادس رجید صأبن وچھِمت لیوٚ کھمت حأصل زان کرِہن۔

یہٕ خاک نشین اوس نہٕ زانہہ تہٕ نوہ لینفہٕ یا گدیلہ پسند کران۔ میے وُچھ ہمیشہ أمس دھجۍ واٹ گٔر گٔر گدیلہ تہٕ یژھی پبٹ وڈنچ لینف یہ پربوژ تہٕ نہ میے زانہہ أمسندِ ن گھر بأژن مگر یہٕ زون میے ہمیشہ کہ نوہ چیز اوس نہٕ یہ حتیٰ کہٕ نوِہ پچ اوس نہٕ دوان ترأونہٕ ییلہٕ زن کینٛہہ خاص لوکھ أس أہندہ ناوِہ أمس کیوٚت آرام دِہ بسترہ تہٕ انان مگر أم اوس پنہٕ نوٚی دھجہ واٹو دھجن ہوند بسترے کمخاب۔

یہٕ نفرت کرن وول سِر وجودزون پنہٕ نیوتہٕ پرادبو اکھ موٚت یتھ گٔز رودرِوحانی سبق، سأرنی نِش بےخبری تہٕ اَن زانیٚ تا حال ۲۰۰۹ ءتہٕ کیازِ یہٕ لوکھ سیلاب اوس دُنیاوی اغراضو موجوبھی یوان گرٛھان، یہٕ زن ہر

دوستِ خدالیس نش سپدان اوُمت چھِ۔ تہٕ تِھس کھارس نش ییٚنہٕ واٲل عامِل اَس أمس مجذوب قرار دِوان۔

جوان ۱۹۸۸ء منٛز تھوٗ مێہ أمۍ ژُنتھ ''زوہ میون چھوی حوالو ییٚنہٕ گرٛھی میونوی ملالو''۔

تہِ یہِ جسدی ڈھانچہ لبجذ منٛز ساوِت ووٚنمس ''جسدس آخری سلام پرٛمے ییٚنہٕ گرٛھی میونوی ملال رجید ساری وعدہ پالہٕ نووم زونم سلطان پیر'' بیہتہِ اکہِ وِز، اتھس منٛز ژٹتھ پرہ نووٗنس۔ بہٕ چھُس داہبے تیرے پانے سونتہِ نیر زٕم وفادار۔

یادتھاوِیو کہِ أمۍ سُند ظاہری شرعی پیر اوس عزیز الدین ساکنہ آڈھ دھرنہ تہٕ أمۍ سُندس گامس نش ڈھاییٚ کلومیٹر دور۔

پیر باطنی اوسُس پیر طریقت چوپان رِحم۔ یُس رحم صأب بند پیوناوٗ اوایل وقتن منٛز اوس سُلہ صأب پہل شُرہن کران تہٕ پانس سُلہ پہول ونان۔ بار بار بابہٕ رحمٰن ناوٗ ہیوان اکہِ دوہہ ۹ دسمبر ۱۹۷۸ء صبحس لینفہ تل نیرتھ درگواہِ محمد یعقوب خان برنٹی ونون تھدِ تھدِ أمُسند شکل وشمایل بابہ رحمس ییٚلہ ژادھر کھرون پلہ ہوڈ۔ ایندار کوٚھن پٹھ، دستارِ شریف تلہ ٹوپھ۔ بابہ رحمٰن منڈو چھووءٚ کم رِزالتے۔

أمۍ سُند دایمی خادم تہٕ حجام رود غلام محمد وگے ساکنہ پٹھ دیالہٕ گام یُمس نش أمۍ سُند عمرِ ہند استعمال کرٕتھ موجودات چھِ، أمۍ سُندہ خاندارٕنہٕ اوس

ناو فاطہٕ تہٕ فاطہٕ دبد اسبس ونان یَس صرف ۲اؤ ری اَتھ باسنت ٹھہرائی۔
تہٕ اخرس لۆب امی مدفنچ جائے سلطانس پیٹھ سرس۔

فقیرہ سُند کینہہ کلام:

(۱) شاہ سلطان چھُ پیر میؤن

(۲) مُرِتھ یمے نہٕ دوبارہ یارو

(۳) مُرتھ چھُنہٕ مبلن

(۴) پنُن زوہ راوُن چھُ منع

(۵) ولو ساقیو اَس چھ بأگران چائے لولو

(۶) کم سالک پکن استھ لولو

''مہرہ چانبے دوستن گلزار پھٔل

قہرہ چانبے دشمنن ہانہٕ دَند''

(۷) بابہ رحم کرِ میہ یاری بسم اللہ

(۸) بالہ یارو کرتم کل ژھأرِت بہت گوکھ مانسبل

دیدہ شنیدہ تواریخ از رجیدہ سلطانی تہٕ نظمہٕ ارشادتن ہنٛز چھَ الگ
کتابی دستاویز محفوظ۔

گواہ سلطان رجید صأبن تمام تر تصاویر یم سلطان صأبس ستی اَس
آیہِ الگ کرنہٕ تہٕ یہِ گو ثابت امی کنبن کارندن اکھ اَن زان ضدی
غفلت۔ییلہِ زن مخدومؒ صأبس رودنہٕ خاکی بحیثیت رازدارانہ ربط پانس

الگ یادۆ د۔

یمہِ اعتقادہ کہِ کایناتہٕ کٔر ہر رنگ کوشش کہ درویش گوٚژھ نہ یتھ دنیاہس منٛز ییٚنہٕ والبن ہندِ خاطرہ بے گانہ روزُن تہٕ تحریری زان روزِ انشاء اللہ لازوال سند تہٕ زان۔ ییٚمہِ پتہٕ اَمۍ ہنٛز مکمل سوانح عمری لیس اردو زبان منزترین ہتن صفحاتن پیٹھ اَمۍ ہندِ ہ درحیاتی تہِ پتھ مکمل سپد تھ محفوظ چھے۔یِیہِ موزون وقتہٕ عوامس بروٗنٛہہ کُن یمہِ پتہٕ پرٔیو مناقب جات یمن درندامت دِل چھِن تارن پھِیُور چھُ لگان۔ خدائے پروردگار دِین رجید صاۓبس دایمی دسگاہ تہٕ امرِ کن فیکون برائے مخلوق برزمین۔توہہِ تہِ کٔریوٗ دُعاوژھِ واَنجہِ۔

اہل خانہ جی ایم وگے
پیٹھ دیالہ گام
بذریعہ طالبانِ رحمت
بشیر احمد تہٕ فیاض احمد



# حصہ مناقب رجوع بارگاہ بہ وسیلہ سلطان

مقتدین حضرات!

درویش وفقیر جلالی سنٛز (حال زندگی) قید حیاتک موخصر حال پرنہٕ پتے ترٕ توہہٕ ذرا فکرہ کہ أمی سندِ بحوالہ قدرت (باطن) کأتیاہ حال آس أمس شب و روز حاوی گژھان۔ یم عقلہٕ تہٕ انسأنی سوچس منٛز نہ یِن لایق أستھ قابل عمل تہٕ باوقار ثأبت گژھان أس۔ یہ چھ ہر جاندار فقیرس ناموس تہٕ اختیار بخشنہٕ آمُت۔ بارگاہِ زیدی طرفہ۔

أمی سٕندس لرِ لور آسنک تاثیر تہٕ کوڈور برداش تہٕ اوس بظاہر مجنونیتھ کیہٕ جسدی ذات یمسندس گھرس (وجودس) منٛز قادر کُلیت سنٛز نوری تہٕ ناری وصف اوس۔ تمی مطأبق اوسس یہٕ أشکہٕ آبے ذاتِ خداوندی مأن راونس منٛز بے اختیاری ہنٛزہ کریکھ لایان۔ یم نثرہ بدلہ شعارن منٛز وو کھلِت یوان رود۔ بندہ ناچیز یہ تہٕ ذاتِ روبہ سُند امین بروٚنہہ کنہٕ۔ کیاتہٕ زن پزٕہ ہے میے سُہ لۓ انہ نس منٛز کرُن۔ یہ اوس پیرتہٕ طالبس سیدِ سیوٚ د معاملہٕ۔ یتہٕ سِوأے ''دنیا دِتم باآبرو عقبیٰ دِتم بے گفتگو'' عملِ ہنٛز باہمی کشمکش أس تہٕ ڈأل ندامت بجِہہ۔ بندگی تہٕ لاچارپن یہ چھنہٕ کانٛہہ شرک بلکہ چھ خودِ

پروردگارس روح الامین منزم یور تھاون پیوٗمُت ۔ سُہ اوس ملک (Angle) تہِ عامس نظرِ نہٕ ینہٕ وول ۔ مگر یہٕ اوسس وچھان خدائی در جسد نفرینی ادا۔ یہِ تہِ اوس نابندۂ خدا یم سندِ ذریعہ سوۍ رب بندس پیٹھ نوازشہ کران رود۔ شاید اعلیٰ پایکین خدا پرستن یہِ سمجھ ''زُوہ میوٗن لہ گمُت داوسی ۔ کرِ ہے قرار یتھ واوسی''۔

یم سأری مناقب چھِ وظیفہ سلطان صأبنۍ ۔ یتھ منز سوائے روبرو پیش کشی بھہ نہٕ کینہہ چھنہٕ ۔ سُہ اوس یمن شیرٔ پیرٕ تہِ کران تہِ پنُن رجوع بسوئے مرشد سلطان مخدوم زانان۔

یمن منز پرنہٕ ستی یہِ توہہِ اتھ کہِ جلالی تہِ جمالیتُک تاشیر کیا آسہِ ہن یم چھِ قلمی فوٹو سلطان صأبن ۔ تہِ چھپہ دیژمژہ زندگی ہند شب وروز ۔ یمی چھ أمی سند روحی غذا تہِ برمقبرہ أمس نزدیکی ہند وسیلہٕ ۔ یمن بغیر اوس نہٕ سُہ کینہہ عموماً پرنہٕ دِوان ۔ یہِ زأنتھ تہِ ماباقی مناقبن یا نعوتن منز بوزنس ما گژھ کانہہ بے ادبی یا لغزش پننہِ خودی برقرار تھاونہٕ موجوب مایہِ ہے أمس یہٕ دربار کانہہ گراوٗ ۔ یَس أمس بارِ منصب تہِ گژھے ۔ حالانکہ یہ اوس سأرنی سلوٗک چن وتن تہِ سلسلس ہندىن طالبن اصلاح برائے تزکیہ نفس تہِ رہنمائی تہِ کران مگر اجازتی کلمات از سلسلہ ہا اوس نہٕ ہرگز دِوان ۔ تہِ کیازِ أمِسندس حرفس چھِ شرطِ اول ترکِ سنت تہِ پھیرہ تھور نہٕ کینہہ۔

یہِ زن گزرنہٕ برونہِ یے أمی مبے برونٛہہ کنہِ اعلان کوٚر۔ ''مبے أنی سأری حرف واپس''۔ اتھ مقبرس ستی برائے مشہوری کرناون والین گژھ ِ یہ رازِ باطن تہِ لا الہ الا اللہ فکرہ ترٛن۔ ویں ییلہِ یم اَن پڑھ تہِ بے صحبت سلطان تہِ آسین تہِ پتھ آسکھ شکلچ لارٕ لار۔ تمے ڈول تہِ واین باج گزاری تہِ کربن۔ تمن ستی رازٕچ رمزہ بازی گئ کوٚکرن موختہٕ چھکن یا یانس کنہ لائنس برابر۔

پرٕیو یہِ سأری حال سلطان یمس یہِ دنیا لحد تہِ اوس خوف آخرت تھأویوٚژتھس تہِ لوکن مہ راوٕ ریودتینٛچ وَتھ ''سایل تہِ طالب چھِ الگ الگ وَتھ''۔ یم حرف تہِ تواریخ چھَ برزمین زندہ تہ انسانی ذُریات روزِ یوان گژھان۔ مگر پزٕرچھُ رہنما ہرکأنسہِ ہندِ خأطرِ یُدوَ ے توفیق بنہِ۔

نادم سخنور

رجیدہ جی۔ ایم۔ وگے ۴ ؍اگست ۱۹۹۰ء تہِ ۱۶ جولائی

پٹھ دیالہ گام

# دُعا بابت شہنوازہ "شہید"

ازظریف احمد ظریف

پر بزلہ نے نورانہٕ ستۍ روی آفتاب
حورہ چھیکی نےٚ پوش تتہِ پھولنہٕ گلاب
لحد بنۍ نے صبحکے نورٕچ کتاب
روزنے رب رأضی ژٕلی نے اضطراب
جلوہٕ ستۍ پر بز لاؤی نے روی آنجناب صلعم
کوثرس پٹھ ترێش دِی نے بو تراب
باگہِ یِی نے رحمتِ رب بے حساب
رٕاتھ ظاہر أستھے از محوِ خواب
ٹھور گٕرتھ نفیس چھُ اِثباتک نقاب
صأبرن صبرٕچ حیاتی باثواب
لیکھنۍ ظریفن شار کینٛہہ در اضطراب
چانہِ راوٕنہ روچھ بَن چأنۍ آب و تاب
یاد چأنۍ پوشہٕ ؤنۍ رویِٕ شباب
"یہ چھُ سنگِ ماربلس پیٹھ کھٔنتھ
بر مقبرہ موجوُد" اول مئی ۲۰۰۴ء

# نذرانۂ شہید

از ظریف احمد ظریف

رٕژھر کۆرنم سُلی آلیس تہٕ درالیس<br>
ژٕمے موزُم مےٚ یَتھ فانی سرایَس<br>
جوانی لأوی ہاوس شوزھی اَرمان<br>
یمے ہبتھ ڈألی واژس نِش خدالیس



شہنوازس کٔری روٗبَن رحمت عطاء<br>
در گذر بٔیہٕ لوکی بٔیڈی سأری خطا<br>
حورو غلمانو دولس نورُک رِدا<br>
لولہٕ مہریٖنز گوو یتھےٚ اجلُک نِدا<br>
بختہٕ بٔڈی سکھرٕ بے سُلہ دارالبقاء<br>
پۍ ببس اوٗسس گۆمیت غأبُک صدا

چانہِ مُرِ آمُت پوژھا سپدی جدا
صبر و شکُرا کوٗر أہندی بابَن ادا
بر رضایے رب چھُ صوفی با خدا
چھوکھ توہند للہٕ وُن چھُ جگرس ہر صباء
رب شہیدن رأض دِی ئژرُک جزا
شہنوازن ٹوٹھ یاوُن کوٗر فِدا
حورِ ونہٕ وان دژایہِ تمنّی مرحباء



بحوالۂ تواریخ نورنامہ یہاں سات سو برس قبل گنج موجی مدفون ہے۔ اسی کے زیرِ دامن شہید شاہنوازہ امانت در زمین ہے۔ حالانکہ جناب بدرالدین ریشی خلیفہ علمدار ریشی نے قبل اجل نوازہ کو اپنے سر کے بل کھودا کے دکھائی تھی۔ پرفوجِ ہند کے بربریت کے درمیان گورکھن اسد شیخ نے ارضِ انتخاب قبر کی تھی۔ یہ مرثیہ برسنگ مرمر بر مقبرہ موجود ہے۔

# توبہ بسوئے بارگاہِ الٰہی جل شانہٗ

محمد اشرف صوفی، حافظ باغ سرینگر

عُمرِ ہُندِ بارِ خطا ہیتھ آس ژٕیتے کُن یا رحیم
کارِ دنیا نارِ نمرود زٕر زٕر سومبرٕوم یا کریم

مَس بہٕ گوس زاگہٕ وُن وزِ وزِ نا حقس
سأرنے گوس لُور رٕودس ترٛیشہٕ ہوٚت آدٕمی رتس

عأب گوٕئ کٔر مےٚ بے حد فتنہ تُلم زٕر زَرس
ژھلہٕ بأزی ہیچھ نأوِم ٔکتی معصوم بے ہَوس

حبس تہٕ خرچوٗم محوِ زر پتنبس گرس
پرٛوا بوٚزُم نَے تنِ تنہا غرق گوس مژٕ نخوتس

حق و ہمسایہ نزدیک اُشناو پیوم نو زانہہ ژٕیتس
نامہٕ سیاہ میون کوہِ عظیم مٹہِ کُس ہیٚیہٕ بدکارس

زیچھِ سیاہ رأژ پتے ووٚنی گوس بیدار صحبسۍ
امتحانَن منٛز گوس آوٗر کُس پرٛژھسٕم بیمار سۍ

رگہِ رگہِ دگہِ ستۍ زوٚ مبۍ لوٚگُمت داو سۍ
کُنِس جانس ناتوانس ژٕلم ترأوِتھ واو سۍ

پاپِسۍ پیوس چھپنہِ آس ووٚنی رحمہ کس دربار سۍ
توبہِ میون گرِی تو قبول روزِ عبرت جہاں سۍ

میٛانہِ اطوارِ ینہِ کانٛہہ پاٚدِ کرِہن درجہاں
موٚیہِ موٚیہِ در توبہِ آسے معاف کر سیاہ کار سۍ

چھُنہِ ژیٚے ہیٚوٚ کانٛہہ غفار برانتھ چھُم لاچار سۍ
رنجیدِ سۍ رجیدہ بُنتم پرٛدِ کر منٛز دُریاتسۍ

دلہِ کیوٚ پَروچھس توبہِ کران یا رحیم و یا غفار
دِم اجابت پاس رِسالت چھوس محو انتظار سۍ





وُچھُم دیدَو جلوۂ یارِ اِمشب
گُیَم مےٚ سأری اَرمان پوٗرٕ اِمشب

مُدعاے زندگی بَس دژام اِمشب
گٔمتٕ گُل تازِہ نو بہار اِمشب

چھ خود عندلیب غزل خواں اِمشب
وُچھُم دیدو سجدہ جاں اِمشب

وُچھم تس حوٗرِ أندسی ہتھ نوٗرٕ مشعل
چھِ ایستادٕ منگان کیاہتام اِمشب

گٔژ مژ نورٕ کی فوارہ وٕشلان!
چھِ حوٗرے رشکہٕ ستی مندچھان اِمشب

چھ یژکال وحدتس گر کناد اِمشب
رجیدٕس کم سِنس ہیٚتی کار اِمشب



# سلام بخدمتِ پیر

السلام علیکم شاہ سلطانو وعلیکُم کرُم پیرہ میأنیو
دورِ یر چونوی چھسنہٕ ژالانو وعلیکم کرُم پیرہ میأنیو
دادِ بن میانین ہندِ درمانو نظرے چانہٕ نیرِ ارمانو
افشاء کر دہان شیرِ گرانو وعلیکم کرُم پیرہ میأنیو
رحمتِک گنج چھک پانہٕ بأ گرانو دأرِتھ ہلم چھوسے پرارانو
کم نو گرٛھی چھک سخی درز مانو وعلیکم کرُم پیرہ میأنیو
سَرتُل کرنگاہ چھک نگہبانو چشمے ماہ تاب دوجہانو
حال وقال میونوی چھوی ژِعیانو وعلیکم کرُم پیرہ میأنیو
ہٕرر لدِہی تھِرٛر سینہ دزانو لاران آس چون آستانو
نورچہِ ژھٹہِ چھک گٹہٕ کاسانو وعلیکم کرُم پیرہ میأنیو
ملالہٕ کیٛاہ چھوی رِندے جہانو ہنھ آس درواوہ طوفانو
تھپھ مے کرتم وقتہِ سُلطانو وعلیکم کرُم پیرہ میأنیو
سفر تُلی تُلی گوم تُیل مِڑہ دانو ژھنڈِت آس کوہ تے بیابانو
رجیدؔ عاشق چون دانہِ دانو وعلیکم کرُم پیرہ میأنیو
مےٚ دُچھ ہردَم رجید دیاگامی سلطان صأبس منہٕ ناوان تہٕ شُری ہندی پأٹھی سنبالان

طالبِ دعا: محمد صدیق کرہ فل محلہ سرینگر، کشمیر 



آر ییہِ نَے میانہِ پیرو ژِے لگَے
خستہ دِل چھوسے بستۂ گوٚمُت ژِے لگَے
کوت کالا در بدر روزِہ بوزتَم
پاد مبے پھلىم گُل رویس ژےٚ لگَے
پامۂ رَچھَم مجنون دراس ژےٚ پتے
سنگ سار گوس دِلِ عاجز ژےٚ لگَے
پیرہ وتم یوت راہ مبے کیاہ کھولتم
سرِ راہ پبوس اشکہِ تر سَر ژےٚ لگے
باؤہ کس حال بے کُسس کُس ژےٚ سِوا
مسکین گوس بٚپیس رِکینس ژےٚ لگے
عشقۂ نارن سور کرنیم حورِ زن
بُرہ گوس بُوی پادِنی سرِ ژِے لگَے
آستانن گت گُر کرٔ ہہرت پیوس
مرِت وٗں دِم زندگانی ژِےٚ لگَے

چون دامن مبے رچھوم پامَن لگَے
صبح و شامن جگر پارے ژۍے لگَے
سادۍ مبے نادۍ تھاوُم ژِۍیہ گن
عام و خاصس منز مبے گیلان ژۍے لگَے
آدۍ مۍ وعدہ کوّرتم یاد پاوٗ
حلِ مشکل ناوٗ سی بو ژۍے لگَے
دکھ زۍسی دکھ دیوّن وونۍ کیا شُبیا
پیمتِن اِیستادہ کرنس ژۍے لگَے
دود بدن مبے وۍہ نسی کینہہ چھوم نہٕ ژِھن
عاجزن پُرسان تُل نَس ژۍے لگَے
چھُس بۍ رجید معصومس ژِیرۍ گوم
وِزِ وِزے ذِکر بوزنَس ژۍے لگَے
دُعاءِ التجا قبول کرتم یارباہ

طالبِ دعا: بشیر احمد ساکنہ پالپورہ



# اوائل سُلطان

وچھوم سلطان مبے با ولایت
نظر أم ہشز کران چھے عالمس گت
چھُ مخدومہٕ صائبنٕ أمسی حمایت
چھُنس أم جلوہ دیوٚتمُت در طریقت
بہ سلسلہ فقر چھُس رحمون خلعت
توے سلطان کران چھوس پوٚنپرٛن گت
بہٕ دیدہ باطن وُچھمس جاہٕ حشمت
شرع پأرِتھ محوِ ارمان حقیقت
گوڈے اسدن مبے بوٗ عملِ شریعت
مبے اَتھ ہتی ہتی سلطان در مشقت
شریعت لا زوال امرِ ہدایت
أمی تل راز ہنس رِت تیٚ گوو طریقت
مے گرنم رہبری ہاوہیم مسیحت
بہٕ پنہٕ فکر تأرِتھ صفتِ رحیمت

بہت سلطان قرارس با روحِ وحدت
نصیبس لیکھِتھ دیوتھنس سلطانِ تخت

نگاہ پوشہِ ویں وجود با بصیرت
چہاردہ سلسلہ تتہِ ہرسوئے رحمت

کربم مے آشکار سلطان ولایت
وجودِ نظر بے حجاب حلاوت

نفی اثبات حاصل نورِ تلاوت
بۂ منزلے جبروت لاہوت سخاوت

مبے ووتم دایما سلطانسی پتھ
شرحس تابع بۂ نبے بصارت

رجید شیر خار ؤمرت در ندامت
بخشتم دسگاہ از بحرِ جمالت

31-01-1973





سلطان بروحی بر تخت    لأ رَگتھ چھُ شاہانہ رخت
غرقِ علم سہہ ہس کھَت    سُہ لاجواب نخوت مِشت

رویس کران پوٚنپر چھ گتھ    سلطان اوبسی با رفعت
در بحر عزمان چھُ بُستھ    عاقلن تتہِ چھنہٕ کانھتہ وَتھ

آغُر ولایت در بخَت    چھُس نظر تل سوروی وقت
اِذن مہر قلمس وُسعَت    پے متنن دِیاوان بُڈ سکت

سلطانسی پَر ششن جہَت    در آدمیت چھوٚوی کھٔٹتھ
شرع ژأنگبس چھے سُویَت    طوٗئ أمِسکوی تیل پے وس

طالب باطن وُینہِ شُرہمَت    حأصل عطائے معرفت
رجیدٕس مٔتِس ءستی شرپَت    سلطان بر وحی برتخت





مُت مستانۂ گو اظہار سلطان
در ولایت نامی گو تابان

شش جہاتچ کتاب اُمی بیان
زُنمہ جانور حاصل سیلِ جہان

در طریقت انہار وِہ ہاوان
بابہ رحمون تھزر پرٔزہ لاوان

رحم پہلس سُلہ پوہل گوی عیان
شُرِینۂ ستی تُمی سُند کران اعلان

اُمی سلطان حوالہ دِت فرمان
گت نبیس ہر سُہ چھُ گاشران

ڑٹھِ مُدرِے عشقۂ درود وِردان
شمعک پاٹھی نورس پتۂ یگلان

نفس مارِت روحس چھوی پالان
ژھائے کاٹھہ ذر أمسی چھنۂ باسان

قلمِ سلطان پانۂ مخدوم ۺبران
کوہِ ماران اَتھ وجودس گاشران

از مکتبۂ اسد آو ے منہ ناوان
یُس نۂ کأنسہِ اوس نزدیک ۏرہ ناوان

باطنُک مثُل تقدیرُک سامان
رجیدٓ چھُس شُرِہ پانہَ وبتۂ راوان



یہ اُس دور کی عکاسی ہے جب انتہائی شوخ مزاجی میں اسے مرتبہ میں صرف مجنون اور درویش تک ہی پُکارتے۔ پر میں نے اِسے اتنا پہچانا تھا۔



22-02-1975

شیخ سلطان شیخ پیرِ ثانی | باوہم سرِ روحی رحمانی
بابۂ رحمن کرئس مہربانی | باوہم سرِ روحی رحمانی
چھس ولایت قلب پرزہ لانی | قیل و قال ہمہِ چھس عیانی
بۂ دربارِ سلطان شُد بیانی | باوہم سرِ روحی رحمانی
درطریق خلعت چھس نہ پأنی | کرد حاصل منزلِ طولانی
منتخب شُد بۂ دربارِ سلطانی | باوہم سرِ روحی رحمانی
بعدِ پیرِ شرع اُمید جاویدانی | ارشاد فقر و فقیر لاثانی
حکم تکمیل اویس لافانی | باوہم سرِ روحی رحمانی
عشقۂ دھودُمت جگر در جوانی | سرِ باطن آم یگلہ لانی
چھوکھ سبنے چھس للۂ وانی | باوہم سرِ روحی رحمانی
بامہر با اِذنِ نورانی | مسکنت در جسدِ پہلوانی
طالبم چہار دہ ماہِ یزدانی | باوہم سرِ روحی رحمانی
علمِ لدُن چون شولانی | سَر دأرِت گوس دیوانی
مُہر رحِم بتو نقلِ مکانی | باوہم سرِ روحی رحمانی
دسگاہ باطن چھے حکمرانی | زیرِ سایہِ مخدوم جہانی
رجید با اسد بُردِ یمانی | باوہم سرِ روحی رحمانی





سلطان بر تختِ شاہی ذر ذر کران چائی آہی
جلال چونوی مشہور جمال چونوی ظہور

چانی نظر پپٹھ ماہی ذر ذر کران چائی آہی
سلطان زان اکھ سمندر زانیت بنھی غوطۂ خور

لعل و جوہر بھہاپی ذر ذر کران چائی آہی
چونوی بنون کوٚت محال آرام تراوُن بے قال

لذتِ دویی منصائی ذر ذر کران چائی آہی
سلطان وقتۂ کُوی شاہ قطبن تہِ سالکن ماہ

پرزہ لان نور بے نوایی ذر ذر کران چائی آہی
کُس بنہِ طالب سلطان للہِ وُن بۂ سرِ چھونۂ آسان

ترکِ ترک گوم زانہی ذر ذر کران چاۂنٔ آہی
کت چھاہ یتھے باوان وِزِ وِز چھوی آزماوان

پھٔلِن چھ پاد امہِ نایِ ذر ذر کران چاۂنٔ آہی
منظورِ باطٕن تھوٚد شان در بارگاہِ سلطان

تحفۂ گُل آبائی ذر ذر کران چاۂنٔ آہی
بعد اجازت پیرم سلطان دامنت گبرم

گبرم چِتاں لاثانی ذر ذر کران چاۂنٔ آہی
شمعس پیٹھ بُرجِ آخر اُمیدِ باطٕن و ظاہر
رجیدس کر وفائی
ذر ذر کران چاۂنٔ آہی

22-02-1977





ژِہ آۓسبھ میونوی پیر مےٚ وَنتم بۓ روزا گبر
ژِےٚ چھُوک دُرِ بے نظیر مےٚ وَنتم بۓ روزا گبر
بۓ درامُت چھُس ژبے پَت مبے ہورمُت أشہِ گئنہِ رتھ
روا تراوُن چھاہ صغیر مےٚ وَنتم بۓ روزا گبر
منٚبہ لۓچ مُۓژدم شماری ژِہ لوگتم بے آری
روا چھا لاۓن تِیر مےٚ وَنتم بۓ روزا گبر
ژِہ کرتم ضرب کاری مبٚے گاۓرمت سجدہ ساری
بۓ دربار چھوک ژِ امیر مےٚ وَنتم بۓ روزا گبر
مبہ دِیپہ نا عام پامے پپٚس آسمان تھامَے
شُباہ تھاوُن بۓ اسیر مےٚ وَنتم بۓ روزا گبر
مبے لیکھمے خونہ نامے ژٹہم مے سأر جامے
پڑھیاہ زانُن بۓ حقیر مےٚ وَنتم بۓ روزا گبر
شب و روز آس نالان ژہ خاموش گوک بوزان
تھوُن چھا یُت کریوٗٹھ سیر مےٚ وَنتم بۓ روزا گبر
مبے روزیم چانی سَت میٚہ باوُم سیر سیود گت
رجبؔ چونوی وزیر مےٚ وَنتم بۓ روزا گبر

طالبِ ہدایت: یٔمہ ظاہری گھرِ ک زِہ پہہ یاسمینہ تہٕ شُبی 



مُل ہتوس سلطاننی نیونم مبے دِل
اجنبی بۓ قیمتی تھونم مبٓ تِل
کیا ونے کوتاہ یہ کریؤٹھ عشقُن منزل
اجنبی بۓ قیمتی تھونیم مےٓ تِل
در شریعت خود رٹوم مبے درلگام
در طریقت چھے سلطانس سلام
باغ ھاوِت آغنی ہیوتنم مے حِل
اجنبی بۓ قیمتی تھونم مبے تِل
ترکِ ترک خود وُن نیم سبق
تیز تلوار ہاؤنم مبے در شغق
لوٹ سادس کرتی سپدوم مبٔہ میُول
اجنبی بۓ قیمتی تھونم مے تِل
اوٗل اولے لوگنم فرھاد مبے
گنج نبس شبرین پُرن اوراد مبے

بے خبر کورنبس مبے روٹھم زالہ دِل
اجنبی بۓ قیمتی تھونم مبے تِل
دِت اقرار بے قراری ئرتھ گوم
چھو سنہ یاپَن دُزدِ دلاور فریت گوم
زبوہ گلے ہم بُول مشرِت پیس گِل
اجنبی بۓ قیمتی تھونم مۓ تِل
موّت لاٗ رِگتھ آم کران زبرے زَبر
زانہہ تہِ نو آس آر پیوس خاکِ بصر
ڈٔپِتھ رجیدِ تُلہِ قلم وٗن تراوِ میٗل
اجنبی بۓ قیمتی تھونم مۓ تِل

14-06-1977



رب سے دُعا ہے کہ وہ مصنفِ کے پدر مرحوم شعبان وگے اور فتح وگے چاچا کو جنت دارین میں پناہ دوام دے۔ہمشیرہ اکبر ''سندری''۔



مبارج تاجِ سرکارس صدیق و عمر علی عثمانس
مبارک شاہِ جیلانس مبارک خواجہ ابرارس
مبارک حمزہ سلطانس کروک نُون شان یزدانس
أنتھ سِیرِ رب اظہارس مبارک سِرِ سلطانس
ؤلتھ خلعت بہتھ ٹھکانس وندس بۓ لعل جانانس
نبٔر گوٚو معجزہ کراماتس چھُ وحدت عین بازارس
محو گوٚسس بۓ دِلدارس میٚہ چھوم جان روح قرارس
لگس بۓ رمزہ بہناہس چھ تفسیر روحِ فُرقانس
کران سیر لوحِ محفوظس مبارک شیخ سلطانس
مہ کر شک أم ہِسندس طرحس نمازی منز چھ ملکوتس
چھ ہادی در ناسوتس بۓ سَر دأرِتھ قرآن خانس
بجر چھٔس کُس رِندیا پہس کلام چھٔس ہِتی ارواحس
ولایت تا حیدر مَس عیانے میم جہاں دارس
رجید وأتتھ أمس رازس مبارک فقیر سلطانس



رب ہأوِن رِژ وتھ، اسہِ تھأوبو یادِ زِ دردمندی
شہنواز بشیر، غزالہ بشیر، ماحی بشیر، طفلانِ خانہ

یہ اُس عہد زمانہ کی عکاسی ہے جب سلطان کے ساتھ نزدیکی میں سبھوں سے الگ تھلگ کر دیا اور کسی کے نزدیکی رشتہ میں کہیں بھی جانے سے روک دیا۔



آسے بۂ لایان ژٕے ندا　　سلطان کرتم اکھ کتاہ
یوٚس ییٚی ژٕےٚ کُن سپدیا تباہ　　سلطان کرتم اکھ کتاہ

وٚنتم مبٕے کٔسم کُرٕبُت جفا　　یُدوے ژِہ اُنٔتھس درپناہ
تتنۂ تتنۂ گٔیم گَم پارہ ہا　　سلطان کرتم اکھ کتاہ

آسہٕ بۂ ژٕے کُن با شرع　　ہت ٔستی بٔیھ کٔبت جان ہا
کٔرتھبٕک مےٚ نِش سأری جدا　　سلطان کرتم اکھ کتاہ

آسبم امبد لاگیک مُلاح　　دِک ناوِہ تار نبٕرن مُدعا
بے وائے ترأوِتھ در ہوا　　سلطان کرتم اکھ کتاہ

ست چأن در دل اے شہاہ  کت مبے ژِہ باوِہ ہک الا اللہ
تتھ تیھی مبدل کیاہ پزھیاہ  سلطان کرتم اکھ کتاہ

گُلس مےٚ ژٕ ے چھک آشناہ  چانبی نظر روحی لِلّٰہ
ؤد ؤد گبمت چھم گِد باللہ  سلطان کرتم اکھ کتاہ

پے وس بد امنِ اسد اللہ  گوہم پھربت نیوتھم سِلحہ
شُربٕ کران چھاہ یُت چھلہٕ  سلطان کرتم اکھ کتاہ

در آرزو لُدنی مُدعا  تولۂ حجاب بنٔہ با صفا
تھزُرک دِتم تھوٚد مرتباہ  سلطان کرتم اکھ کتاہ

چھوی ژے بجھر وصفِ خدا  مبے ءتی شرط چھی بے ریا
رجید سی باؤ گُنی کتھاہ  سلطان کرتم اکھ کتاہ

06-04-1978



یااللہ کیاہ تہی نامیون آر مبے بناوتم تیوٚت غنی بوتہٕ باگراوٕ چأنس مخلوقس۔

بہ دردمند: مادرِ سُنیل رازدان حبہ کدل سرینگر کشمیر۔



از ہجرِ تو گوس بے قرار آشہ خونسی اُجۡ ءِڑ مێہ دھار
شبرے بۂ لاگے جگر پار چونوی اسم مبے اذکار

اُگیم لولۂ باغس گُر مزار اُشہ خونسی اُجمڑ مبے دھار
سینہ موژہ رِتھ ہاُو ہے دوخ داُد دِلکی باوہ ہے

کوئی وۋت آسہِ یُت آذار اُشہ خونسی اُجمڑ مے دھار
آسے کران ژے تعمیر خابس ژِہ میانس تعبیر

اُگیم لوگ اَسہِ ءستی کارزار اُشہ خونسی اُجمڑ مے دھار
چونوی بۂ خادم چھُس مُدام مخدومہ مبے ءستی کر کلام

فاسِق کرِیاہ عشقس نہار اُشہ خونسی اُجمڑ مے دھار
فرمانۂ نش گوس لا جواب شرمندہ چھُس در آب و آب

گس ونۂ گُس یُت جودگار    أشہ خونسی لُجمُژ مےٚ دھار
یارِ صدیقین گُرِتھ کراؤ    توحبٕن سگ مَہ ھزٕ مشۂ راو

در امتحان پیوسے پَسار    أشہ خونسی لُجمُژ مےٚ دھار
وَنۂ کیا ونۂ نس چھو منۂ وار    دَمہٕ پھبٹ بہٕ ژالھے کوت بار

ٔگم وُن اسہِ دِون موکجار    أشہ خونسی لُجمُژ مےٚ دھار
لِیچ مےٚ مبہٕ لوچی کتاب    شوبیاہ مبدل یُت عذاب

کمہِ ہتۂ ٔگم ٔگر لوٹ مار    أشہ خونسی لُجمُژ مےٚ دھار
دس بس ژہ مبانی چھے سلام    ہنٔہٕ زاہ ییِی مبے کینٔہہ وَلام

رجید    وعدس    انتظار
أشہ    خونسی    لُجمُژ    مےٚ    دھار

06-1984



یا اللہ العالمین، خانہ رجید بردوش را در بارگاہ سروخروئی دایمانہ بخش
بشیراحمد وگے۔

# اہل دل

پیر میؤن اہل دل شیخ سُلطان　　واقفِ سیر خود کرُم یکسان
بے قیاس وحدتس سپۂم زان　　پیر میؤن اہلِ دِل شیخ سلطان

دِل نِتھ سودا بنہم اَرزان　　ملشا پیر چھوم باطن نہاں
گارہم با نصیب کرہم احسان　　پیر میؤن اہلِ دِل شیخ سلطان

اَزنگاہِ پیر سپُد وقتِ سلطان　　مقبولِ حق گو روشن جہاں
درطریق ولایت چھُس پرزٕلان　　پیر میؤن اہلِ دِل شیخ سلطان

اوسوی زمیندار بنُوٕی نامدار　　آسِت عیال گو نورِ دربار
بابہٕ رحٰمن کرُس فضل و احسان　　پیر میؤن اہلِ دِل شیخ سلطان

مخدومنیؒ ژوٗر شیخ الزمان　　معرفت چاٰوِم گنجِ عرفان
پراران ووتم نہٕ ارمان　　پیر میؤن اہلِ دِل شیخ سلطان

لذتِ دوئی چھوی دوران     پڑھ یلہِ پیر تے بنہِ یک آن
شیخ چھوی طالبس پانہٕ شیران     پیر میوٗن اہلِ دِل شیخ سلطان

ذکر و فکر بے تحاشا     وجعلنا نہاراً اَو معاشا
وعدس واد چھا کرُن آسان     پیر میوٗن اہلِ دِل شیخ سلطان

یپہ نالۓ منہِ چھُس کریشان     ژھلہِ باز یتھ ٕنی چھوم زاگان
موٗت سلطان چھوٗم یتھ روشان     پیر میوٗن اہلِ دِل شیخ سلطان

پھٔل پاد امتحان چھُس ہوران     اظہار کرہ کیا چھُس بے زبان
رجید پیشِ سُلطان نالان     پیر میوٗن اہلِ دِل شیخ سلطان



25-05-1977

تسلیم ترک، حاجرہ بیگم بنت علی بٹ، قاضی باغ، اسلام آباد۔



منز مارکن یارن کوّرس رسوا
مولہٖ والِت گرنیم نہٕ سیۆ داکھ کتاہ

خشمہٕ چشمو موژھ روٚنس اکھ جواہ
منز مارکن یارن کوّرس رسوا

نبزہ لاینم تیز دھارے سنگدلن
ریزِ کرنہم وارِ وارے شوخلن

سینہٕ پوژھ رِت گرنہم مے یُت جفا
منز مارکن یارن کوّرس رسوا

پامہٕ چانبے تیر سیُن گئ سنیت مے
نقشِ جلا داز خون گئ لیکھت مے

زبو پھل گئے لیکھنے آس فلواہ
منز مارکن یارن کوّرس رسوا

تو ند گفتار وُز ملے چابوک گرِتھ
خدمتس تقصیر ہت تازیانہٕ گرتھ

ژاس ژھینی وھپہٕ نس ہوّت تم حِلاہ
منز مارکن یارن کوّرس رسوا

شرط چونوی عرض میون ترکِ سنت
از فقیری ہاوتم تھاوتم مِنت

چھوک طبیباء کر علاج اَز لا الہ
منز مارکن یارن کوّرس رسوا

بشربتہٕ نِش دور تھاوتم بے خطا
ذکرِ سلطان یُت نہٕ سپدم زانہہ جُدا

جامہٕ فقروک ہتھ رجیدؔ لاپروا
منز مارکن یارن کوّرس رسوا



21-09-1979

سبحانا ٹیلرز، مختار احمد سرینگر اوس پتی مَن واریاہن وُرین انہ ہیر وأنسہٕ گنڈِ تھی ایتوارِ پننہٕ وسیلہ زیارتن ہندِ قوتہٕ سلطان صیبس مأنہٕ راوِت دوہس لوٗکن واس دیاوناوان کھاندرِہ پتھ رود دور۔ اکہٕ دوہہ گونظرِ بس۔ غلام رسول شیخ وانہ بل سرینگر۔



بخشتم دراس خطا کارے — چھُ کیاہ چارے چھُ کیا چارے
تیٖژ نا ژینے میوٚن عارے — چھُ کیاہ چارے چھُ کیاہ چارے

عُمر کرِہت مبے نے واتہٕک — چہل سال مبے گو ناطِق
کُرتھ حاصل مبے گیٔ پارے — چھُ کیاہ چارے چھُ کیاہ چارے

شرح پولوم برائے حق — جوأنی منز کھتوٚم میٚہ پھربکھ
ژِہ نَے باوِک وصلِ اَسرارے — چھُ کیاہ چارے چھُ کیاہ چارے

بحکم حمزہ رچھے کھور — غلامی چانٔی میٚہ چھُم برسر
گُبم غفلت بہٕ گوس مارے — چھُ کیاہ چارے چھُ کیاہ چارے

بہٕ چھُس بے تاب کران اعلان — زِ حسرت کوٚ گوہم زالان
تھون شوژ روحِ اِقرارے — چھُ کیاہ چارے چھُ کیاہ چارے

کروت پروا ژِہ نو میونئے　　خلل یُد گوئِ وُنت ہونوی
روا تارُن بہٕ امہٕ تارے　　چھُ کیاہ چارے چھُ کیاہ چارے

قرار روُوم مێہٕ ژھپہٕ ژِھپ　　ژِنش یُن چھُ منہ باسان گپ
کربٕھ نے تھف بہٕ گوس مارے　　چھُ کیاہ چارے چھُ کیاہ چارے

کران آسھے بہٕ دابہٕ تونوی　　ژہ کھاڑِت دٕرہ لگوم گردنوی
ژِہ نے مانٛک بہٕ پان مارے　　چھُ کیاہ چارے چھُ کیاہ چارے

بشر چھُس مےٚ فتوٗم توبے　　آنبے کوتاہ بہٕ تی روبے
کربٕھ نے معاف بمہٕ بارے　　چھُ کیاہ چارے چھُ کیاہ چارے

دھو دُم جگر مےٚ رود خارے　　بہٕ قودرت ژھپے نفسِ امارے
رجیٓد بلہِ ہے چون بمارے　　چھُ کیاہ چارے چھُ کیاہ چارے


03-06-1980

طالبِ ہدایت بہٕ کم سن عیالبار، شُمی زوجہ، فیاض احمد باولاداں شہباز تہِ اعتصام علی۔



مےٚ کُرنم جگر پار پار سلطانَن
مےٚ تھوٚنیم نہٕ وَنہٕ نس تہٕ وار سلطانَن

دمہٕ پھبٹ کوٚرنس أنم پھینے
اَرہ ہٹ لوٚگِنس زولنم سبنے

گلان آس گُنہٕ نبس بہٕ کھار وانَن
مےٚ کرنیم جگر پار پار سلطانَن

ھوٚبے آرو پٲ چھا سہٕ روا
ژٔے پت انفاس گٔرمِت چھم فِدا

یوٗسفس پزھیاہ کرون تار تار جامَن
مےٚ کرنیم جگر پار پار سلطانَن

ہیٚت ژٔے کرتیم لوٚگتیس سِتمَن
قرار نِت نونِ ترُووتم زخمَن

من میٖ کرنہم بند زُنارن
مےٗ کرنیم جگر پار پار سلطانن
گاہے چھوم زاگان ہتَن تےٖ ہاژن
گاہے تابِ تابانن
منز حیرتس چھوس زار زار نالن
مےٗ کرنیم جگر پار پار سلطانن
آزموتس ژِھے ٹُروتھس تاپَن
دوہس پرأر نأوِت کوٗرتھس شامن
ژھلہ ژھلہ لوٗگُت مار ارمانن
مےٗ کرنیم جگر پار پار سلطانن
زأنِت نٔے سنبت گوہم فریادن
بے کسی تھأونیم زرہ ذر گبلن
شباہ گرین زأر سگ حکمرانَن
مےٗ کرنیم جگر پار پار سلطانن
قرار نیوٗنم أم عبارَن
غیرن تھوٗنَس بےٖ افساون
غالب گژھتی گُن چھوسنہ یاپَن
مےٗ کرنیم جگر پار پار سلطانن

پامال کرٕتھ تیر گوکھ لاین
خُمار سخنو چھوہم کتراون

رجیدؔ بے بس شب خون ہاران
مےٚ گرٕنیم جگر پار پار سلطانن



31-01-1981

فدائے سلطانی، عبدالحمید بزاز، نارہ بل (بمنہ) سرینگر کشمیر

## بِسمِ اللہ والجلال والجمال الا اللہ یا فتاحُ

انشاء اللہ بندہ ناچیز باحیاء ڈاکٹر عارفہ جان بنت احمد تو اریخ ہذا "أسۍ أسۍ زٕ ے فناء فی الشیخ" کے روحی درس لینے والوں سے ملتمس ہوں کہ براہ کرم میرے اور میرے والدین کے حق میں مخلصانہ دعا فرماویں کہ بارگاہِ ایزدی میں بندہ کو سندِ تاثیر دست شفاء برائے نادم مخلوق نصیب حاصل ہو۔ دست بدعا ہوں کہ رب زِ کرم دسگاہِ محبوب العالمؒ تا بسلسلہ سہروردیہ شیخ سلطان لازوال ہدایت کی نعمت سے سرفراز فرماویں۔ رہنمائی رجیدہ دیالہ گامی کے سایہ کو ہمیشہ کے لیے طویل عمر کے ساتھ نصیب کرے۔

طلبدار دُعاء خیر      خاکسار

ڈاکٹر عارفہ جان با فیروز وراشدہ      قاسم



خواہم ولایتے سلطان باوجودِ شرع اسد اللہ
ایں است راہِ سلوک للہ باوجودِ شرع کلام اللہ

رہنمایی شرع سیرِ یزدان اول و آخر تصدیقِ سلطان
مشرف باد عملِ ولیٔ اللہ باوجود شرعِ کلام اللہ

از جلالش خود نمے زبید خشم خوردن نَے دَر راہِ اَللہ
مہرِ ارزان دستور فی سبیل اللہ باوجود تربیت اَسد اللہ

در قید حیات اسد بعدِ وصل اللہ کشش باطنی کرد سلطان باللہ
رجیدؔ طالبے سیرِ مولا باوجود شریعت و طریق شیأ للہ



30-04-1974

اوایل دور 1965 میں ملاقات سلطان ہوا کرتے۔ لیکن اِتباع شریعت سے میں ٹلنا نہیں چاہتا۔ اس لیے ایسے دستاویز پر اسے تصدیق قلم مانگا اور دیا۔ پھر وصال پیر شرع بعد کئی سال حکم مخدوم سلطان کے تحت سلطان سے پیوستہ کُلی طریقت ہوگیا۔

# "کروٹ موٗل" (05-01-1978)

گوم سودا ءستۡ سلطانس تھونیم نے تاب مبے پانس
پان پوشروم اَتھِ قصابَس تھونیم نے تاب مبے پانس
خون پنہٕ نوی تربشہِ گنہٕ تھومَس چِت گوم تِی گوس لاجواب
عشقہٕ نارے بہٕ ءسنہ روئَس تھونیم نے تاب مبے پانس
آہ کرہ کیا کھوٗلنس دارَس ترُونیس بہٕ درِدُولاب
موئے اکہِ مبے کیونم زارَس تھوم نے تاب مبے پانس
أیندری بہٕ ٹُندرے زولَنَس اِیندرازس کرنم کباب
تُلہٕ تنبگل ءشرنم بانَس تھونیم نَے تاب مبے پانس
اوسوس بہٕ شہزادہ پانَس رنگہ رنگھ مبے اوس ءکنم خاب
ہتھ زوہ مبے دیوٗت سلطانَس تھونیم نے تاب مبے پانس
کتہِ اوُسس بہٕ کوٗر نیوئَس دینس ڈِپتھ کوٗرنم جواب
کافر بہٕ گوس مِلشارَس تھونم نَے تاب مبے پانس
عشقہٕ میدان ہریت بہٕ نیوئَس گوم والان پوس بے داب
رجید پوٗک قول و قرارَس تھونیم نَے تاب مبے پانس

أنھ ہیر عمرِ مئزآو مبے سلطان العارفینؒ درخاب تہِ گرنیم تاکید زِ پگھی پٹھ چھِ غلام محمدس

بدسگامہِ ڈیوٹی یہِ اوس ۱۴ر دسمبر ۱۹۷۶ء بہٕ ہمشیرۂ رجیدہ خستہ دل سارہ بیگم، پہروا سلام آباد۔

''سلطان کا من پسند منقبت رہا ہے''

# مرتبہٴ سلطان

سہل چھاہ مرتبے سلطان زانُن
بنون بیناہ أچھن ہُند گاش مانُن

وَنے کیاہ کوت عالی شیخ سلطان
گرٸھزان وحدت جہاں آکاش مانُن

چھُ پنہاں نورِ یزداں شاہِ سلطان
چھُکے عاشق کرُن گت چھُنہٕ آسان

خداین خلعتاہ وُلنیس چھُ مِنت
زمینس پیٹھ زمانُک تاج مانُن

چھُ یُدوے بے پناہ جلال تھاوان
گھے گرھزِہ وُن یہِ شیر جنگلی تہِ مانُن

یتھے چھاہ شیرِ حیدر منۂ ناؤن
فقیری تاج بر سرماہ تاب مائُن

نگاہ ذر ذرٕسی پٹھ باولایت
فقیرن با دسگاہ حکمران مائُن

پرٛان چھُ حرفہٕ حرفٕے لوحِ محفوظ
أمی آسیت طےٚ کُل عِلم تہِ مائُن

رچھوم معصوم عمرے دامان اسدس
بہٕ حاصِل شرع طریقت سلطان زائُن

رجیٖد غلام محمد اولادِ سلطان
چھُ زانان میأنۍ ارمان حنان منان



16-12-1976 کے روز درخانہ صمد بٹ بدسگام سلطان نے
اس پر بیعتی دس خطہ کیا۔

## خودسلطان کی زبان سے قافیہ بندی



ظهور شمس نۆن دراؤ سلطان آسته آستے
نورِ جمالس سورِه پرهبس آستۂ آستے

سوزِ جِگر شِیرے بۂ شِیرس اَسته آستے
نورِ جمالس سوءِ پرهس آستۂ آستے

مولیس تۂ خولیس گتھ بۂ کرہَس خُمارستے
چلنچ حورۓ ونۂ وان چھے انوار ستے

پۆت ژهایِه روزِت آو نیرِت گلاستے
نورِ جمالس سورۃ پرہس آسته آستے

غنچے دهاَس پھیور چھُ لوگمُت گلامستے
بۂ پیش کرہس أشهِ بهرتھی یم پوشۂ دَستھے

از دفترِ یا حُی قیوم بازارستے
نورِ جمالس سورِہ پرہس آہستہ آستے

چھوی چِت یوان ءَ روئے ہاوان ئ ستے ئ ستے
کیاہ خوئے ڈیشتھ گُل چھ پھلان ویرانستے

چھوی نظرِ چانے پردہ وتھان گُل عالمستے
نورِ جمالس سورہ پرہس آستہ آستے

عاشق فدا چھی پور چانس کلامستے
لاشک ہنِت پروانہٖ زالان چھی پانستے

رجیدؔ مجنون گومتوی پَت سلطانستے
نورِ جمالس سورہ پرہس آستہ آستے



4-5-1979

تعریف وتوصیف بر جوع سلطانیہ لگتا تھا کہ وہ جیسے خود مرشد مخدومؒ حمزہ سے ادا کرتا تھا۔ ایسے میں ٹھنڈک پاتا تھا۔

یہِ بوزِتھ دپُن محمد یعقوب بَس ''رحمانی''



آهِ مظلوم بوزان چھُے
ماهِ تابان سلطان چھُے
راهِ مولا هاوان چھُے
ماهِ تابان سلطان چھُے
دِیُن عطایی شاهانہ خلعت
یہِ چھُ سوروی پروانہ قدرت
نیئنُ خدایی بُرهان چھُے
کیا جلالت الله الله
کیا جمالت سُبحان الله
لوبہٕ وُنیس شوبان چھُے
مصرفتوک داماه چاوُم
اسراروک حالاه باوُم
پانہٕ بأگران مَے خوان چھُے
کرتہٕ سیوٚد مبے بختوک هجر

چھے ژ بر لوح محفوظ نظر

پانہٕ تقدیر بدلان چھُے

پرَہ پیمتس چھم لاچاری

بَرہ گیمتس چھم بیماری

فیضِ جاری بخشان چھے

رحمانی یعقوب بردر

کرتہٕ پاسہِ محبوبؒ نظر

بابہٕ رِحمُون فرمان چھُے

ماہِ تابان سلطان چھُے

یا رب کرٕھنۍ پوشہِ وُہن یاری

ژِے کن اتھ دأرِتھ منگان چھِی



04-04-1979

بہٕ بسماز وجہ امتیاز چھتہ بل سرینگر تہ شمیمہ ساکنہ مونگہ ہال، اسلام آباد

# گُل ریحان

دَمہ دَم دَم چھوٚم ذِکر سلطان
یار چھُم رِند چھوم گُلِ ریحان
مجنون گوس چھم لوکھ گیلان
رُمہٕ رُمہ رُم چھٕم گُمہٕ پشپان
عاشق بے سَر پان گالان
یار چھوم رِند چھوم گُل ریحان
پیوٚمت چھُس بہٕ پت نیستان
اَتھ نو تراوس روپہٕ دامان
کریوٚٹھ مے کوٚرنم سرِ سلطان
نوٚن مشوق چھُم موٚت پہلوان
بے وائے ٹرونیس مُو آویزان
اَنہِ ریٖیہٕ تو ندرِی گیٔ تیلان
یار چھوم رِند چھوم گُل ریحان
پادن پیوٚسمس عشقہٕ پیچان

بُمہٕ چأر چأر گوم تیر لایان
زہر کہِ چھرکاؤ نینٛدر چھِندران
بجمالت کوٚرنس دِیوان
از جلالت مےٚ گوم بریان
ریزہ ریزہ رۄ زر ذر لاوان
یار چھوم رِند چھوم گلِ رے جان
کعبس گونڈمیس لولہٕ زُنار
نأر وَن تھونم زأل شہمار
سجدہ سُون گوم ڈیکہ ٹھکان
یار چھوم رِند چھوم رے مان
گنجہٕ مِبس دَشہِ مبے لولہ بُرہان
شروٚنھہٕ دامانس بہٕ دَندس جان
رجید کن دِیت تِی بوزان
یار چھوم رِند چھوم گلِ ریحان



31-05-1978

تو یارب مشکل کشاء بطفیل اولیاء دست بدعا

(۱) محمد علی درابو، گلشن نگر سرینگر (۲) محمد مظفر آہنگر راجباغ سرینگر

# وَنتہٕ سلطانس

ویسۍ بہٕ ینۂہ آس منز دولابس
ونتہٕ سلطانس وَنتہٕ سلطانس
ڈز ڈز بہٕ پیوسے منز عذابس
ونتہٕ سلطانٔس ونتہٕ سلطانس
سُوی چھم لیچھمژ تانس تانس
رِھے چھم خونس دَکھ مازس
ویسے بہٕ ہبنہٕ آس منز دولابس ونتہٕ سلطانس
رِند پانہٕ گٔم سناہ ژُونیس بہٕ ژورِ مزارس
سوسین پوشے بہٕ ذذہ رُونس وَنتہٕ سلطانس
أمی یأر دیتنم تأر وَنس رأچھ قلایَس
ژھپہٕ ژُھپہٕ مبے لیچھمژ منز ظلماتس ونتہٕ سلطانس
کت راسیلس مبے سُوسُر ژُونَن
ایندر بہٕ ژاس غارس
کس ہیکہِ ؤنتھ چھوس اتھِ قصایس ونتہٕ سلطانس

کُمی جاُد گرن داد کھے لوگنس داوس
مزٕہ مزٕہ بۂ کھوٚنس عشقہٕ دارس ونتہٕ سُلطانس
کمہٕ شوقہٕ تروون نأل مبے طوق دردہ بازارس
دورتَے نزدیک کھولنبس بۂ چرخس وَنتہٕ سُلطانس
کت شایہِ کمہِ شایہِ ژٕھلے بۂ لگُس نوش شہمارس
اَلماس بھٕرنیم تیز الماسس وَنتہٕ سُلطانس
حیرتس مژ پیوس زبوہ نَے حیرتس
رود نے دربر غیرتس
لرِ بۂ سوونیس چھُے نو عارتَس ونتہٕ سلطانس
امہِ عشقہٕ پرئیٔ بۂ کأنپہ نٔونبس
لگوٚس مٔدٕر زالس
رجید لا جواب پراران جوابس ونتہٕ سلطانس
بۂ تہٕ چھُس پراران زِ توبہ گژھم قبول
ظُلمس تہٕ ظالمس گژھ لار



یمہِ اَرہ سرچہِ وارِ منز
فاروقہ کونسلر ساکنہ اسلام آباد شیر پورہ

# گوس دیوانتے

عشقہٕ چانے گوس ہےٕ دِیوانتے
کونہٕ سنبھلن لۆگ تھٕم رِزَالتَے

مارَہ متَے ژٕے مٕیہ روچھے دامانتَے
کونہٕ سنبھلن لۆگتم رِزَالتَے

یار میانو کوٕہ ژٕ گوکھ بے عارٕ تَے
نارٕ زولتھس وارَہ گوم پار پارہ تَے

تیرِ مجگانن مبے ئر مے مالہٕ تَے
کونہٕ سنبھلن لوگتم رِزَالتے

وِھ ئرتیم جودئر بہانتے
رسہٕ رسہٕ لۆگ تھیس بہٕ رزالہٕ تے

مُل ہوان چھک عاشقن أشکھ بار تے
سرؤگ سودا چھُک کران تیر بازتے

آہ کرنس چھک نہَ تھاوان وارتۓ
کونہِ سنبھلن لوگتیم رِزالتے

چانہِ دأدے ہیژ مبے پامَن لادھتۓ
دِل مبے کوٚر مے آستان قربانتے

لال لأگمے قُبہِ سیٖ ثُمار تَے
کونہِ سنبھلن لوگتم رِزالتے

شہبازو لوگس شکار اصالتۓ
توتہِ وتم کیازِ رودوی ملالتے

شبہِ پرہٕی تَل رجیدٚس وِصالتۓ
کونہِ سنبھلن لوٚگ تھیم رزالتے

 20-06-1978

# ولنۂ آس سلطانس

عشقۂ پیچان ولنۓ آس سلطانسی
لولۂ نووِنس ڈولۂ نوونس رزِ کھولنس دارسی
سلطان ضُبین تنہ نأوُم شعر مثالا
مارِ متے نالہ متہِ گوس یارسی
عشقۂ پیچان ولنۓ آس سلطانسی
بوسۂ کرٔمیس غوصۂ زاہ ژولوس نہٕ میون
اکھ کتاہ یۆد سیۆد مےٚ کرہے رامسی
درٔہ کھالِین تیز تلوار سادسی
عشقۂ پیچان ولنۓ آس سلطانسی
سنگدِلو کیاہ زِ روزِی نہٕ مائے میأنی
سر مبے دِیۆتمے کوژہ ژِے اِقرارسی
چانہِ عتابۂ اوٗش مے دھود گُلی موٗسی
عشقۂ پیچان ولنۓ آس سلطانسی
رَندٕہ دِی دِی وَنٛدسی تیلوک مبےٚ

کُنتہِ پروا کرِ زِ ہے میون آنۂ ہی
پامہٕ دِژھتم سینۂ ژوٹتم خامسی
عشقہٕ پیچان ولنۓ آس سلطانٕسی
ہانژ لاجتم براٗنژ نِش چھوسنۂ دور
ہائے سِتمن کُن مے سنہِ ہے خاکہٕ سیٚ
شاہَس ستی شہٕ مہے لگیمِت دواسی
عشقہٕ پیچان ولنۓ آس سلطانٕسی
سلطانو سُلہِ وات سَہ دادسی
ژِریہ گوٚمُت عمرِ چھوٚی راز داٗرسی
چھوٚی رَوا رجید گُل پھولہٕ کارسی
عشقہٕ پیچان ولنۓ آس سلطانٕسی

23-03-1978

محمد مقبول شاہ ورفعت شاہ

نزورہ، عیدگاہ سرینگر



# بے گانے

چانہِ چانہِ مےٌ کوّرُم شاہ سلطانَے
کمہِ ھیتہَ چھوّک دپان بے گانَے
سفرس میائِنس چھا یہِ نِشانَے
کمہِ ہیتہَ چھوّک دپان بے گانے
عاشقس تولنُگ چھا یہٕ پیمانے
معشوقس دِیوتُم دانہٕ دانے
سلطانس دُورُن چھاہ شوبانے
کمہِ ھیتہَ چھوّک دپان بے گانے
بازر ترأوِتھ روٗٹُم چون وَانے
من سَرہ سبق چون للہٕ وَانے
پَرہ کھلہٕ آب گوم مےٌ شُرپانے
کمہِ ہیتہٕ چھوّک دپان بے گانے
اَولَے اون تھَس کمہِ ارمانے
کوّر مے سورُوے قوربانے

نکھِ تل اُنتھ چھاہ پگھ بند کرانَے

کمہِ ھبتہَ چھوٚک دپان بے گانَے

ذِکرے چانبے پُرۆم فُرقانَے

آیہِ آیہِ گور مسکھ سُلطانَے

عاشق چون یُت روزیاہ غاًر زانَے

کمہِ ھبتہَ چھوٚک دپان بے گانَے

پَرنیے لوٚتھس چھو نتھِس پانَے

ماًرِتھ کوٚرتھس تانہٕ تانَے

روٗچھمت چھوٚم چون پیٖرہ دامانَے

کمہِ ھبتہَ چھوٚک دپان بے گانَے

میانہِ مکانے لوٚگ چون ٹھکانَے

پیٖرتھ اول چھا پوٗژھرانَے

رجید وعدہ چھوی یاد پاوانَے

کمہِ ھیتہَ چھوٚک دپان بے گانَے

 26-11-1978

نوٹ:۱۹۷۶ء میں سُلہ صاًب نے مجھے بزبان خود فرما دیا کہ تم ہم دو پدروں باپ (مرشدوں) کا بیٹا بنا۔ اسد وسلطان یا رحیم وسلطان۔

# پیر روحی سلطان صائب

نوٹ: یہ منقبت بہ سُلہ صائب بانسبت رحیم صائب پہلے بھی شایع شدہ کتابوں میں لکھا گیا ہے۔ اب کے بار پھر تاریخ وفات رحیم ۲۰۰۰ بکرمی ۵ دسمبر ۱۹۴۳ء بروز سوموار جب کہ سُلہ صائب ۱۹۴۷ بعد اس کڑی میں آنے لگا اور ۱۲ سال بعد باتعارف ظاہر ہوا۔

(رحم صیب بندہ)

ہرِ دہ روس دِم بہار شیاءً للہ

بابہِ رِحم چھُ نوٗن فضلِ اللہ

شیٖخ حمزن بخوشنیس تھوٗد سیل گا

بابہِ رحم چھُ نن فضل اللہ

آو خود در وجودِ شیٖخ سلطان

در شہود بأگران باطنِیک خوان

دأیم چھُ حیات بِسم اللہ

پیرِ روحی چھُ پیر سلطانس

بعدِ خود گرِ یکھ دِژھین جمالس

وقتۂ کِس راجس اوس بوسۂ گاہ
بابہ رحم چھُ نوّن فضلِ اللہ
پانہ روزِتھ نہاں نوّن چھ سلطان
طائلبس ہر سُو چونہِ جَران
ناؤ ثمُی تھوو تھیکُن اَلحمدُ للہ
بابہ رحم چھُ نوّن فضل اللہ
چہار سُو اوسوی سجدہ دِوان
تھزر اوس شرحس پورہٕ دوان
در طریقت چھوی نورِ اللہ
بابہٕ رحم چھ نوّن فضل اللہ
روحی مستی ومنزہ فنا فِی اللہ
جسدی اِذا اوس تُسند غذا
مُژِ پاٹُ کیٚمی پران ذِکر اللہ
بابہٕ رحم چھُ نوّن فضلِ اللہ
اتھن واجہِ اونگجہِ واٹھ لاپروا
نفس مأرِتھ پریٚت اِلا اللہ
در جمال جبس اوس رچھان باللہ
بابہٕ رحم چھ نوّن فضلِ اَللہ

یت زَمانَس مِنَت شُکر اللہ

جائے ئیم یِتھ رئڈ رِحم باللہ

در نیوہ گنج چھوئ خوانِ اللہ

بابۂ رِحم چھ نوّن فضل اللہ

سنیز کوّر پیرن اَز سلطان

نورس مشتاق سوری زمان

رجید دیالِہ گائی قُم باذن اللہ

بابۂ رِحم چھ نوّن فضل اللہ

09-11-1976



بے خبری کے مخفی دنیا میں کتنی ہی جانیں ہوئیں تلف

ماقبل روئیدہ عنا دلیب در ا >رم باش

وجود گُل نوازہ بر پتہ پتہ جہاں موجود نہاد

در خانہ ظاہر شہود درکار دینا موجود نہاں



# یک نگاہے

نگاہے شاہِ سلطان یک نگاہے
درازے عمر باشی یک نگاہے
شہاہ خلعت بخشتم بے بھہائے
نگاہے شاہِ سلطان یک نگاہے
ژُ کوٗ رمُت قوردتن چھوٗک مالکے راز
چھُنی کیاہ دَمسی بنتم مبے دَمساز
بھنے بیناہ مبے چھوم تیِ آرزوئے
نگاہے شاہِ سلطان یک نگاہے
مبے پھوٹمُت چھُم جگر جل کرتہٓ چارے
پڑھیا سنگدِل لاگُن شہسوار
بخشتم دِل روشن دستگاہے
نگاہے شاہ سلطان یک نگاہے
مبے خونس دورہ زورے جوشِ سلطان

پران آس آیۓ آیۓ سورہ رحمان
ژِہ جل ٹُل پردہ رازن کر عطایۓ
نگاہے شاہِ سلطان یک نگاہے

یینے دیۆتسے ژِہ دِل تنہ گوم پارے
سفر کافر پرٔیم مبے سی پارے
مبے موشروم دوکھ تہِ سوکھ امہِ چانہ مایبے
نگاہے شاہِ سلطان یک نگاہے

ژِہ ترأوِتھ آزمایش ہے شانہٕ دِارہم
ژِہ نیتھم آسایش أشہ بھانہٕ ھاریم
مبے گیلان پنین پردی کرتہٕ پائے
نگاہے شاہِ سلطان یک نگاہے

ژہ وُلتھبس از خودی خود گوکھ سنگدل
جمالس ژِے مَدی جلال نأزل
رجیدس ستی ہر تحریر وَفابۓ
نگاہے شاہ سلطان یک نگاہے



16-11-1976

آپ جانئے کہ درویش صاحب لوگوں کے آو جاو میں شب وروز نہیں

چھوڑ دیئے جاتے لیکن بنیادی وجہ یہی تھی کہ امورات مشکل کشائی کے لیے یہاں آنے اور حاضر ہونے میں کوئی اور کسی نذرانہ کے پابند نہیں تھے۔ اس لیے لوگ صبح سویرے لوگوں کا گھیراؤ اس کے سوئے پڑے حالت کے بستر ے کے گرد جمع ہوا کرتے اور وہ بہت دیر تک اٹھنا نہیں چاہتے جب کہ اسے آخری عمر کے دور میں رات کو ظاہری اثر و رسوخ از خانہ خود آیا کرتے تو پھر اس کی پوری نیند حرام ہوتی۔ اسی بناء نظام ہاضمہ کے بے کار پڑنے سے وہ زندگی سے بھی ہار گیا۔

ایسے دور سے قبل بھی جب یہ لحاف سے باہر نہیں آتا تو میں اسے یہ لوری بچہ کی سُو گایا کرتا۔ آٹھویں سے چودھویں پاس کرنے کے بعد سالہا میں سُلہ صیب کو تھرماس میں چائے لے کر پلواتی حتیٰ کہ نوکری کے حاصل لانے میں اس وقت کے سیکرٹری عبدالعزیز ریشی کے پاس دفتر جانے کو کہتا اور مجھے مصطفیٰ صیب کہلاتا رہا۔ نوکری نہیں ملی لیکن شادی درگاہ حضرت بل کے نزدیک حافظنہ باغ میں انجام دوام ہوئی۔

میں گلؔ فاروقہ دختر رجیدہ





ھو ھو کریوٚ شُر یارو
بادشاہ وَتھسہ کر دربارو

کھونہِ للہٕ ناوَت ہا مُلک دارو
بادشاہ وتھ سَہ کر دربارو

خونِ جگر میون شِیر انتظارو
بادشاہ وتھ سہ کر دربارو

پردس تَل شُرس ژِے ملک کارو
وحدتکہِ دریاوٕ ہ اسرارو

نیر سَہ ووٗنی نیبر ہاوٕ دیدارو
بادشاہ وتھسہ کر دربارو

معصوم چھوٚک ژٕے ہر انہارو
گنگرائے چأن سوزِ گفتارو

بوچھِ ما اُجیو ھا ٹاڻھِ یارو
بادشاہ وتھسہ کر دربارو

دودھ چھُ لوٚگمُت دِگنہٖ دھارو
دردَست پِستان ہی سماوارو

گُلہٖ گُلہٖ چیکھ کِنہٖ استقرارو
بادشاہ وتھ سہ کر دربارو

پأرِ ھا لگیو وتھ گوس بے قرارو
ڈنجہٖ میون دل تھاؤ ہے شہسوارو

رجیدٚ تھوکھ کرِ کوٚت اِنتظارو
بادشاہ وتھ سہ کر دربارو

 06-06-1978

''یھوی گوفنافی الشیخ، طالب ٹٚٹھ چاءِتہٖ سُتھ سماروار ہتھ پراران زِ کروَتھِ شیخ تہٖ پچھ چاے''

''توہٖ زاہ یُت زمان اَتھ لوگموت''؟

# رنجِ ہجر

(جسدِ سلطان پیلہ سنہ کھوتہ سون زمینس مٹزتہ مبے لایۓ مس کر پکھ)

وتھ حض تھوٚد مستانۍ سلطانہ پیرو
کوٚت کالاہ بنیکھ آستان پیرو

چانۍ مایہِ ژھائے نو چھم مَشان مبے
وُین اُوسُکھ ژِی گُرھزان پیرو

جلائے چانۍ سھ اَس نٹھان بے شک
کوتاہ جلال گوکھ شَر پان پیرو

ہجروک یہِ سینہ سوختۍ گو بے ہوش
اَچھ حض چھم لوسان ژۓ وُچھان پیرو

تھزُرک مُقام اوسوٚک گاران ہردَم
یۆتاہ سُون کیازِ گوکھ چھیند ران پیرو

امازک بہ سینہ وتموت چھُ پھٹہَ نَس
چاک دِیت ھاوہے سیاہ نِشان پیرو

تاب کتہِ أنوت روڈک تنِ تنہا
زانہہ تہِ نو اوسُکھ یۍ یژھان پیرو

نالوئ چانیہ شوب أس بنان رِندن
پاءمنز وِین لگوس عشقہِ وان پیرو

کم اون مجال چانیہ جلال و جمال
کوچہِ کوچہِ سود اگار شُریہٕ ران پیرو

چہار سُو ما گرِو چھُ وولمُت نال
فقرُک یۍ شان گو پشیمان پیرو

زمانیکو غائیلو گر سبٹھاہ پامال
توے سُلہ روڈوک پنہان پیرو

یاد پاؤ پنین وعدہ نتہٕ ما چھس برباد
اک شباہ بنیوم وصلہِ ارمان پیرو

تیوٚت مبے بُتم یُت ژِہ پیر روحی رحیم
نتہٕ ما سحرہ وِردات گرژھن ارزان پیرو

کو نیرکہِ گنجہ چانیک سأری بے خبر
کانسہِ تہِ نُو فقرہ مویوٚک بوئ نِشان پیرو

چھوس بہٕ چانیہ ملکُک زَر زَر رازدار
یُتھنہٕ ژَھایہٕ تھاوِہم کانٛہہ جہان پیرو

نفس و شیطانس گُر گیت فلوا
چانہِ ناوَہ بھنگ و چنگ باگران پیرو

چھوی وجوُدُک قسم مے بن موجود
تیغِ فقر روزِ پرزہ لان پیرو

اَبرچے ژَھایہِ تَل کےٕ آفتابو
رجیدہ دیالہ گاٚمی ماہِ تاب پیرو

 06-08-1990

یادرہے کہ بعد سلطان اس کے مقبرہ سے یہی حالات ظہور ہوئی۔ مصنف ان پرافسوس کیوں نہ کرے۔ طالب دعا: گُل فردوسہ (ڈورو میر میدان) زوجہ یوسف بیھہ گل نشین تہ گل عندلیب۔

# پیرۂ تھزر

(معاملاتِ کاردنیامیں خانہ نور۔ مدرسہ اوراپنے گھر سے کہیں پیر ٹکنے کی اجازت نہ رکھی)۔

شۆ بیاہ تراوُن مہٖ غاٗرس کُن پئُن سر
مےٗ یُدوے خاصہ سلطان خاص رہبر

کران آس سجدہ لا چانہٕ دفتر
شۆ بیاہ تراوُن مہٖ غاٗرس کُن پئُن سَر

یمی رٕنگر وَانے بہٕ رَنگنے آسے
ڈٕ زِتھ پروانہٕ پرٕنبے چھانہٕ آسے

اَشِی ہۆت جامہٕ ہِت پھیرابہٕ دَر دَر
شۆ بیاہ تراوُن مہٖ غاٗرس کُن پئُن سر

مٔلِت چھُم خاک چانہٕ کوچ سراپاء
ڈیکس چھۆم نقشِ اُمیکوئ چونہٕ زیباہ

یمی خالے بۂ پھیراہ خونشۂ بازر
شۂ بیاہ تراوُن مبے غاٗرس کُن پٹُن سر

جلالکہِ کھومبۂ مونڈُت پوٗس مے زر زر
مبے روٗس نزدیک ذروت نےٗ کاٹہہ تۂ اکھ ذر

شرط کرِ بٹھ پالہِ نووتھس تادمِ آخر
شۂ بیاہ تراوُن مبے غاٗرس کُن پٹُن سر

مبے کرٗ چانہِ عشقۂ دفتر کاسۂ گدائَ
کمر خم اشکۂ ترَ لیکھتم وفاٗیی

روا پھیرون چھاہ میون چوں گداگر
شۂ بیاہ تراوُن مبے غاٗرس کُن پٹُن سر

طواف کعبۂ وعدۂ پوُلم مے بہتر
جسد در غار تھُوتھ روح مبے سراسر

سفر برپا چھُ نۂ دستورِ فقر
شۂ بیاہ تراوُن مبے غاٗرس کُن پٹُن سر

مبے تھاؤمیثر زندگی ژِہ ہموار گزر
پِناہ دوگنیار ظاہر گرِژھِ بردَر

بدنیا پور تھاؤم باطن رہبر
شۆبیاہ تراوُن مبے غاَرس گُن پُنَن سر

شہود میونوی ژِہ موجود چھک سَرابَر
پزیاہ سیرن مےٗ تھاون زانتھِ دوربر

شہاہ رجیدس روز شاہ برابر
شۆبیاہ تراوُن مبے غاَرس گُن پُنَن سر



آپ آگاہ رہیں کہ طالب کس حد تک مطلوب کے پشت پناہی کا طلبدار ہے۔ آخری لمحات کے ایام میں سلطان رکس عبرتناک جسدی صورت میں موئے کے برابر سمیٹے۔ اس نظمیہ بیان سے سبق سیکھئے۔ اور سُلہ صیب کو سامان شکم وشہرت حاصلِ خود میں مت بھٹکئے۔



(درویش کے آخری ایام کے عبرتی اسباق جب زبان اور گھٹنے جواب دے چکے تھے)

رفتار گفتار یۄتھ لوٗژھ وون
گوشن ستی تھاؤمس گوش
موئ موئ مے خانہ نکھ والہِ نووم زُونوم سلطان پیر
دَمہٕ دَمہٕ دِم خود تیٚوٗت موٗژہ روۄن
ہیرہ بۄن کۄرِھس لولہِ مَتہٕ لائے
مادر زادے شیرا چاوٗ نووم زُونم سلطان پیر
تنہٕ ستی تن مبے تَن ناوٗنووم
مَنہٕ ناوِمیس چشمِ جاڈو
ژَلہٕ وُن رخسار مبے جرہ نووم زُونم سلطان پیر
سینَے پنہٕ نوی مبے سینہ دور مِیس
گنزہ راوِمس سوزِ اُستخان
بھرِم دِت وَچھِ تل گچھ کرہ نووم زُونوم سلطان پیر
سینَے پنہ نوی تکبۓ تھوۓمبس تریشہ ہۄت زیوِہ تالس
سُوبۓ کعبہ قبلہ ولہ نووم زونم سلطان پیر

نالہٕ متیٕ رٔ چھٔ[2] چھ تاکید پور نم دو پنیم چھوسنہٕ روپوش
ۂر ہر کئ تام ژھوپہٕ کرہ نووم زونم سلطان پیر
وصلٕکہِ مقام دس گوٗی پلوان مہمان[3] اوس میز بان
لرِ لرِ آخر لرِ سرٕہ نووم زوٗنم سلطان پیر
نفسِ اَللہ اَللہ میوٗل گوہَر سوٗوٗت غوغاء
شیٕرن ہُند شیٕر مے شیٕرنووٗم زوٗنم سلطان پیر
کھوٚنہِ منز وٕتھی تخنس کھوٗلم دیدو اوس وُچھان
أشکے آبہٕ ستیٕ مے کوٚرمس سران
شرحکہ اطوار اَدھ پیرٔنووم زوٗنم سلطان پیر
قدمے قدمے ڈبہٕ[4] تل ووتم عامن تہٕ خاص کرنس سلام
نمازِ جنازہ پانہٕ پٔرہ نووم زونم سلطان پیر
نشانِ الا اللہ بردوش کھولوم منز وتہِ[5] ڈیشن مادر پدر
سفرچہِ کتابہٕ بس کرہ نووم زوٗنم سلطان پیر
واپس اونےٕتھی مقامس[6] یتہِ اوس سُر نٔے وادن مزار
سِینکی سبزے ماہ پرزہ لووٗم زونم سلطان پیر
لیکھوٕنہِ[7] اتھ وی خاکس واس دِیت
خاکیٔ وچھوم توشان
ادہ مے پانے ڈاف تراؤنووٗم زونم سلطان پیر

جسدس آخری سلام پُرمیس ینہٕ زاہ گژھی میونُو ے ملال

رجیدہ ساری وعدہ پالہٕ نووم زونم سلطان پیر

سبز پوش سلطان کھوٚنہِ للہٕ نووم زونم سلطان پیر

(۱) حرارت اور جلن کی وجہ دہی لسی پی پلا کر بھی رُکتی نہیں۔

(۲) سلطان بزبان کشمیری پکڑ کر ''رٹ کہتا نہیں مانتے بلکہ رَچھ بولتے۔

(۳) آخری صبح نہ دیکھے کسی کو وہ ہاتھ ملانے کو لائے۔ جن کی اُسے اس کی عادت تھی۔

(۴) خانقاہ مخدوم کے نیچے سنگ زار میں اُسے جنازہ پڑھا گیا۔

(۵) سلطان کی میت پر چارپائی اُس کے آبائی مزار سے جنازہ گاہ تک لائی گئی۔

(۶) یہ زمین جسے پہلے ڈار بھی کہتے بھگتوں کی زمین تھی بلکہ ان کا مزار بھی موجودہ مقبرہ کے نیچے دو قبریں موجود تھیں۔

(۷) سال ۱۹۸۹ء میں ایک روز مجھ سے ہاتھ ملا کے پکڑے بولا میری جان حوالہ ہے۔ ہاں میری کوئی ناراضگی ملال نہ رکھنا وہ مٹی کیوں نہ خوش قسمت ہو جہاں وہ ہمیشہ کے لیے سُو پڑا۔



''۸۳سالہ عمر کے ۱۴راگست ۱۹۹۰ء دن کے ۶ بجے درلحد'' انا للہ وانا الیہ راجعون۔

# سہروردیہ پیرِ ثانی

شُکر للہ پیرِ ثانی شُد نصیب شیخ الوقت
انتخابے شیخ حمزہ جلوہ افروز بر تخت
ماہ تابے شُد طلوع از خانۂ غفار شیخ
ارض کشمیر مے تابد نورِ از سلطان شیخ
در طریقت مست و معرفت ہم حقیقت الوقت
انتخابے شیخ حمزہ جلوہ افروز بر تخت
حالِ درویش مرد ماں ہم ایں متو مے گویند
بے نظیر درِیں جلال وہم جمالش یافتند
کیست داند مرتبے ایں فقر و قطب و بابخت
ایں وجودِ نورِ احمد باحشم و بارخت
در جلالش مے ترسد جِن و اِنس وہم طیور
چوں آمدہم جمالش شُد طوافِ ایں ظہور
بے بیان دارد حالش مے شود آیینہ ذات
چے گوئیم پیرِ باطن مخزن ذات و صفات
شُد نصیبش سلطانی باقرار در عیالِ خویش
در نکاح زنے دارد لیک محو در صبر خویش

بعدِ حاصلے دو دختراں شُد قطعے بر نفسِ دو لیش
در کمالِ جوش شُد معروف و مجنون بے رویش
در نگاہش دین سنت مے پرورد عیال کُل
چوں مے گوید ایں ستوراں کار شعبان بالکُل
آشیانے لا مکان دارد کرد شُد بقاء اُستوار
عُقد کشائے دین داراں مذہب عشق پائیدار
وجودِ سلطان فنا فی اللہ لیک اِدراک زیر پاء
ہر ادالیش پُر ہنر است ہر سخن تابع وفا
گرچہ بود از اوایل غرق ولایت بے نظیر
ایں خالش از جنونش تنگ آید کرد زنجیر
منزلش نزدِ ملکوت پرہیز کرد غیر خوردنش
در آخر ایامش شُد لاغر کرد بندش گفتنش
بے قیاس در جلالِ جنوں جسدی اذیت بُرد
محو در پاکِ روحش ایں وآں یکساں بُرد
پیرِ رجید شُد نصیبش شیخ الوقت از لا الٰہ
ہمچو خاکی بہ شیخ حمزہؒ با رحتِ اِلا اللہ

مُصنِفن چھُ ایم۔ اے۔ فارسی ڈگری حاصل کٔرمٕژ اِوہ کٔن پننین ظاہری
زبانٕین ہندِ نذرانہٕ رٔنگی چھُ یہ فارسی زبانٕ منٛز حال سلطان ژھوٹ پأٹھ پیش۔



(درویش جب لحاف کے اندر خود کو چھپاتا تھا کسی کو ملاقات دینے نہیں چاہتا)

روپوش چھوکھ زیر جندہ لولو
کُرتم کم کم خندہ لولو

چھُوسناہ ہۓ چون باشندہ لولو
کرتم کم کم کھندہ لولو

چھوی نا یوان کھیئہ وَندہ لولو
بنۂ بنۂ کوَرتھس بندہ لولو

دیت تھٔم کائتیاہ رَندہ لولو
روپوش چھٔک زیر جندہ لولو

چائِنس حکمس بندہ لولو
ہارس کرتم وَندہ لولو

ہانیم کوٗ دَندہ لولو
روپوش چھک زیرِ جندہ لولو

ذَر ذَر گوک ذر ندہ لولو
زال تروتم پٔرندہ لولو

فندہ فندہ چھک با پھندہ لولو
روپوش چھک زیرِ جندہ لولو

پیوہم بے مِثل گزندہ لولو
بازر کوٗرتم مَندہ لولو

رجید چھوی جندس پیوند لولو
روپوش چھک زیرِ جندہ لولو



02-03-1983

وومیدارمان گُل فاروقہ زوجہ محمد اشرف حافظ باغ،سرینگر

۱۰رمحرم۱۴۳۲ھ

# لول

وِزِ وزے بھوّر مبے لول سلطانسی
بنھیت پردانۂ کردم گت مبے سمشسی
کس ونے مجنون گوس جانانسی
دین و دل کوّر مبے نثار سلطانسی
کیاہ عجب لأگھ مبے لاگان اجنبی
موّت لأ ٕگتھ دِل مبے زالان بے ڈھنگی
ہندَہ رَغدے شیوۂ سلطانسی
وِزِ وزے بھُر مےٓ لول سلطانسی
کارِ سلطانی محو یار یارسی
عشقۂ دادے چھُس پرژھان سلطانسی
دادو بیداد مےٓ گوّمت بزگارسی
وزہ وزے بھوّر مے لول سلطانسی
یژھ پُژھے پھُل مے پاد معصومسی
کونۂ پروا یا لحاظ بے آرسی

دادو بیداد مےٗ گوٚمت بزرگارسی
وِزِ وزے بھوٚر مے لول سلطانسی
چھوٚس خداین خلقتاہ وولمُت زبر
وقتکوی سلطان ولایت بحر و بر
ظأہرس تے باطنی راز دارسی
وزِ وزِ بوٚرمے لول سلطانسی
چھُس کران تعظیم سجدے پیرسی
محو در مندر بۂ چھوس طو افسی
چھوس بۂ رجید محوِ خود ازکارسی
وِزِ وزے بوٚر مےٗ لول سلطانسی

17-03-1976



طالبِ دعاء ابدی
یُس خانہ رجید ابن شعبان وگے
شہہ مہِ جمائ ژپٹھے ویتہِ راوان آو بشیر احمد۔ ۸؍جنوری ۲۰۱۱ء

# آخری منزل با سلطان

پیرہ کر سخاوتھاہ بۂ تۂ وچھ ہت اِلا اللہ
کیاہ صباء کیا گو مساء بے خبر تتۂ شوباہ

مبے تۂ کرتم پِی عطاء بۂ تۂ وچھت اِلا اللہ
تریشہِ ہوّت لائَن صدا زبِوہ کھٔست آسم بِاللہ

پراران گوم سالہا بۂ تۂ وچھِت اِلا اللہ
تیٔلہ اوس نے کانٛہہ جمع بیٔلہِ ژِہ تۂ مبے گو نکاح

میون لول ژِے اَن بجاہ بۂ تۂ وُچھِت اِلا اللہ
در جلال نیوٗتھم ژِ دِل ہھہ تۂ شال اَس بالکل

در جمال روٹتھ سِلحہ بۂ تۂ وچھِت اِلا اللہ
مٔنزلن چھوی ئو شمار سُور کوٗرتھم بار بار

نور ول تَم بسم اللہ بۂ تۂ وُچھِت اِلا اللہ
عار ییہِ نے ژِے للہ ژے پت گوسَے فدا

سایہِ چونوی چھُم پناہ بۂ تۂ وُچھِت الا اللہ
چھوی قیام بقاء بِاللہ پورِ پور اَز بسم اللہ

مےٚ تۂ بخشتم از نگاہ بہ تۂ وچھِت الا اللہ
چھوی ژِ حاصل کُل اللہ دم رٔٹتھ ژے اِلا اللہ

دپ رجیِد چھوی یُد اللہ
بۂ تۂ وُچھِت اِلا اللہ

13-06-1990

مےٚ تۂ کرِ یو در دربار الٰہی بہ وسالت دُعاء خیر بیھہ گُل فاروقس۔ بہ
وومیدٕ چ طلبدار ریشما، مومن آباد، اسلام آباد۔ اکتوبر ۲۰۱۰ء



# بندہ نائب خدا

انتقالِ خاکِ جسد معلوم در تقدیر
ازل کے پڑھنے والے یہ خوب جانتے ہیں
کس لہو سے لوح لکھی جائے تدبیر سے تعمیر
خدا کے آشناء ہم کو خوب بتلاتے ہیں
دفتر یزداں میں جبریل کی ضمیر
درمیان داری کا سبق خوب پڑھاتے ہیں
علم کے ایوانوں میں خدا خود بے قصور
روح کے رازدانوں کو خوب جگاتے ہیں
بے مرشدی کے دامن سے چھو نہ جائے لکیر
ایسے توحید سے ملک ضرور ڈراتے ہیں
اس دور مادیت میں لرزتی ابلیس کی شریر
ورنہ اسباقِ رحمانیت ریاضِ اولیاء پکارتے ہیں
شریعت کے دیوار سے ہو جا آستان سے بغلگیر
آگے وجودِ خدا کا عیاں نظارہ دکھلاتے ہیں

معنی قرآن بس الفاظوں کی نہیں زنجیر
لو اَنزَلنا کی جستجو اس کو خمیر بتلاتے ہیں
اے طفلِ مکتب علم خرد سے نہ بن جائے نکیر
خدائی اپنے عاشقوں کو لا اُبالی پڑھاتے ہیں
شب قدر کی شب واعظ سے نہ بنے تطہیر
ایسے لمحات ندامت عفو و تعبیر سے ملاتے ہیں
مقتداں منتشر سامانِ شکم کے ہوا باز
ان کے حلقے پیر پیراں کو تکیہ عیش و آرام بتلاتے ہیں
اہل توحید دولہے سجائے ماضی کو مرحوم دئے قرار
لاشریک کی کائنات کو مماتی کا سبق پڑھاتے ہیں
مغربیت اس نونسل کو جنسیات کی زنجیر باندھی ہوئی
اہل نظر سرچشمہ حیات اشکِ ندامت فوارتے ہیں
خودی نامعلوم بے خودی میں پھنسے افرادِ زر در بھنور
دیکھئے رجیدؔ اصل دین حیات کو جُدا جدا جُگالتے ہیں



طالبِ دُعا برائے صحت وسخاوت
غلام نبی خان تہِ عبدالمجید خان، سعیدہ کدل، سرینگر

# چہ عجب

یا الٰہی عشق اشک چہ عجب
سوختہ سوختم در عشق این غضب

نالیدم صبا و مسا ایں چہ کسب
ازاں پارہ پارہ ام ایں غضب

از جہاں بر افروختم زِ نقب
شب و روزم از دست بُردی این غضب

عاجزم از فتنۂ تو پیدا کرد
ایں بحر ناپیدِ ازل ایں غضب

از وجودے ایں سجودے من شہود
در دہر بریاں منم ایں غضب

آرے تو آفرید ایں وآں خدا
گر طیورے غرض بودے ایں غضب

از لباسے اوکہِ آمد احمدؐ
خرد منداں ہوشیار داری ایں غضب

از زبانِ رجیدؔ طایر لا الہ
کیست باقی کہِ عیارے ایں غضب



منقبت خوان یمن سُہ مشائخ تہِ ونان اوس
''محمد یعقوب تہ محی الدین
با
رجیدہ
پیش سُلہ صیب بدسگامی''

# التجا از سلطان بسوئے سلطان بزبانِ رجیدہ

لولہٖ ہوْت آلو مے ئُر سلطانسی
کیا خبر کیا چھوم ملال جانانسی
خونِ دل ہاران مے گو بدنامسی
کیا خبر کیا چھوم ملال جانانسی
آم پھٹُڑ پھٹُڑ سینہ مے بِریان گو
جامہٖ ژھٹُڑ ژھٹُڑ سوختے مےٖ پان گو
بے قراری ہُند جلاؤ منز مارِکسی
کیا خبر کیا چھوم ملال جانانسی
پیرہ میانیو یُوت کوتاہ تاب چھوی
ڈ دِمتس شہلاوتم ثوِاب چھوی
چھوم بوجَر ژامُت یتُھِس جوانسی
کیا خبر کیا چھوم ملال جانانسی
آغہ میانیو یوت کوتاہ چھوس خراب
اضطرابس منز میٖہ پیومت اضطراب
متہٖ کرتم دور یتھِس بزگارسی

کیا خبر کیا چھٗم ملالِ جانانسی
عشقۂ ژورو لوٹھ گُرتھیم سأدسی
زوہ مبٔ نیوتھم وأرہ لوگھتِس زالسی
خون میونوی نوش ژِے شہمارسی
کیا خبر کیا چھوم ملال جانانسی
عجز و زاری میانہِ وَن شُمار چھاہ
أشکہِ ترروزُن مۍ یہ وَن وِینہِہِ وار چھاہ
تیرِ نی مبٔ سینہ دھور سلطانسی
کیا خبر کیا چھُوم ملال جانانسی
رِند معشوق سنگ صنم رِگرداب گوم
فِندۂ کرئہم انگ انگ تیز آب پیوم
چھوی رجید دیالگامیس مُیول سُلاطنسی
کیا خبر کیا چھوم ملال جانانسی



شہ ؤ ری درحیاتی تہِ بعدِ واصِل رب سلطان رودس بۂ بے کسی ہندس عالمس منز درویش صئِبس نِش أزیوٚک تام یِوان گرِ ھان از ۴۵ ؤ ری عمرِہ منز یتھ رودس بۂ انہ ھورِیو۔ مگر خاموش بۂ محمد صدیق ساکنہ کرہ فلی محلہ سرینگر۔ تۂ مشتاق احمد۔ اگست ۱۹۹۰ء۔

بیلیلے نکلا گیا۔

# کرشمہ (کرامات) درویش

بِسم اللّٰہ الرحمٰن الرحیم

و قل جاء الحق و زھق الباطل ان الباطل کان زھوقا۔

باذن اللّٰہ تعالیٰ تھوٚ وسُلہ صأبن از عطائے بصیرت من اللّٰہ تعالیٰ بہ سلسلہ سہروردیہ، بروٚنھی بزبانِ خودیہ ؤنتھ۔ یُس مے تھوٚوحسب عادت در تحریرات لیکھت۔ شاید آسہِ توہہِ یاد کہِ أمس بروٚنھہ کنہِ اوس عموماً موفتوک لوکھ جمگٹھ آسان تہِ یتھ ستیٚ غرض ہند انبار تہٕ انتظار (۱۹۸۰ـ۸۱ء) منز چھُ یہ ٹیپ تہِ گوٚمُت۔ یہِ ازتہِ یکیو بوزِتھ، انسأنی مشکلاتن بہ وسالت اندبھر دِلس منز أس أمِسند کمالات سپدان تہِ یہ روپوش تھاوِنک تنبیہ کران۔

اکہِ وزِ آس بہٕ أمِ ہندس پیر روحی بابہٕ رحمٰن مقبرٕہ پٮ۪ٹھ أمِس نش تہِ یہ سپدٕ مہے ستیٚ بغلگیر۔ اتھ منز وون مےٚ أمس کُن نگاہے شاہ سلطان یک نگاہے۔ مگر أمِ دیوٚت جواب شہید سلطان، شہید سلطان بہ تہٕ کینٛہہ کال گرِتھ وون أمِ۔

ینہٕ میانس مُلکس کھیو بچہ ہتھ یا بانڈ ہت۔ یہِ پزہ نہٕ یہ پزِہ نہ أس پزھو نہ ات۔ "Typed" وقتن کوٚریہِ بے شونکھ پاٹھی عملا ثابت یانے یہِ گذریو ۱۲ ارمحرم الحرامکہ دوہے۔ تہِ یہ پیش گوئی سپز أم سندہن یژھن والین پٹھ امرِ پیراز روئے شریعت تہِ حُکمہ شریعت۔ بیٚیہِ تہِ پننہِ پتہٕ یہِ مبے ارشاد کرُن ۱۶ ار جولائی ہنز یادآوری تہِ پانس ءستی یانے پنُن انتقال ءگندرُن ہجرتس ءستی تہِ کیازِ جنابو چھُ ۱۶ ار جولائی ۶۶۲ ءمکہ شریفہٕ پیٹھے ہجرت گر ءمژ۔ اوٕ ہ کن مماتی ردٔ گرتھ کرن اتباعِ پیغمبر صلی اللہ علیہ وسلم پانس پیٹھ خوش پسند تہٕ رضائے رب امہِ کِن چھُس بہٕ تنہٕ پیٹھ یہِ دوہ ۱۶ ار جولائی أمی ءسند ارشاد ہجرت مطابق روزِ اذکر اللہ ہس ءستی مناوان۔ شاید زأ نیوتو ہہ کہِ ۱۲ ار محرمہ شوٕبھنہٕ أمسِند ناوِہ عبرت کہِ دوہہ وازہ وان سجأوِتھ سازَس ٹھس دیوٗن۔ تم کم آسیٚن یم دپان مول مُودتہِ أس گروشادیانہٕ۔

یہِ عملی پیغام پزِہ أمی ءسندہن یژھبن والیٚن آئینہ حیات بناوُن یم ءستی خداتہِ پیرتہِ رأضی روزِ۔

مشاہدہ حُکم سلطانیہ

ازرجیدہ

مشکل کشائی ہُند عالم چھ عالمہِ خدادوست آسن یمن پردہ تلون چھنہ زیبان۔ کیثہہ کرشمہ جات یمن پزہٕ چ گواہی آسھ۔ ہکھو بجرہ موجوب ثبوت دسگاہ ءلکتھ۔ کتاب ہکھو نہ بنأوِتھ۔ عالمے اسرارس۔

# قطعات

منظور نہیں رِند کو یک بار مرنے کی
ہر آں مرنے کا تازیانہ مجھ سے ہی پوچھئے
دیدوں میں آتش حصار کئے انجم آسماں
پَریوں آدھ جھلسے کا حال مجھ سے ہی پوچھئے
کب تک رہے شاکی اس گیتی میں اے رجید
جلاد کی ادائے آشنائی کا حال مجھ سے ہی پوچھئے



آسان نہیں بشر سے جنسیات کھا جانا
جس سے یہ رام ہو فقیر کہلادیا
زمانہ میں اُبھرے لاتعداد رنگے سیار
کسب معاش کے مارے وِردات کے مُستعار
مت چل در پے سارنگ و بھنگ ساحروں کے

آخر خدا کے نہیں جابروں میں ہوں در قطار



بعد روپوشی روپوش ہوئی سلطان کی جلال
جو یک لمحہ صحبت میں نہ ٹک سکے بن گئے دلال
کوئی بھنگی کوئی گوئیا کوئی رشتہ دار
زر کی سند نے فقیری کو کیئے مغربی کُلال



# شکوہ بہ تو یارب

کِس پاوئش میں تو لے گیا شہنوازہ کو یارب
عجب حسرت عقل لاجواب یارب

جہاں ذُریات کو پالا جاتا تھا دائیم
یہاں ہی موت کیوں ہوگئی بے ادب یارب

کاروان اسماعیلی در زنجیر سہروردی
فقرا کے کربلا میں ذکر یا ٹھہرے یا رب

وہ ادھ کِھل گلاب یکتاء غریب نواز پنہاں
اُس کی تلاش اُنہیں ہم پاش پاش یارب

از جودے ایں سجودے من شہود
درد ہر بریاں منم ایں غضب

آرے تو آفرید ایں وآں خد
گر طیروے غرض بودے ایں غضب

از لباسے اوکہ آمد احمدؐ
خرد منداں ہوشیار داری ایں غضب

از زبانِ رجیدؔ طایر لا اِلٰہ
کیت باقی کہ عیارے ایں غضب

۲۷ر ستمبر ۱۹۷۷ء



# تجزیاتی دیدہ سند

میں محمد یعقوب خان ساکنہ برنٹی محکمہ تعلیم میں منصبہ اُستاد سے لے کر اس میدان میں خصوصی ایوارڈ یافتہ ہوتے ہوئے ضلعی عہدہ تک سنبھالتے رہا۔ بعد میں ادارہ دارالعلوم اسلام آباد حنفیہ کا پرنسپل اور ایڈمنسٹریٹر کے طور دیانتداری کے بناء ہی منصبہ داری انجام دیتے آیا۔ ضلع سطحی نے ملکیت اوقاف زیارات کا منتخب بھی رہا۔ سلطان صاحب سے ملاقات رجیدہ صاحب کی رہبری میں ہی ۱۹۷۳ء میں ہوا۔ آج ۷۵ سالہ عمر تک مسلسل جاری ہے۔

حالانکہ یہ متحیر کن معاملہ بھی ہے کہ راقم پیر احمد صاحب ملارٹی کے خانہ مریدان اور خاندانی بعیتی رہا۔ پھر معروف درویش قادری فدائی درویش عمہ خان کے نزدیکی رشتہ سے جڑا تھا۔ لیکن یہ عمر نوجوانی پھر طفلانہ ہی گذری۔ بات تحریر کردہ کتاب ''أسی أسی زِ ے فناءفی الشیخ'' سے متعلق ہے۔

یہ بھی ایک عجوبہ ہے کہ طریقت پسند انتہائی جلالی مزاج کی دوئی میں شریعت سے فیض یاب فرد واصل ہوا۔ طالب حاصل کردہ سند سند خطِ ارشاد اپنے شرعی پیر برحق جناب اسداللہ صاحب ساکنہ سیر کانلی گنڈ براستہ عیش مقام کے بحکم ان کا کسی اور سے ہاتھ ملانے کی نہ کوئی ضرورت تھی نہ اجازت۔ لیکن تقدیر باطن کا کردہ نہ ٹل سکا۔ جس کے بناء شیدائی شریعت خصوصی تابع نقشبندیہ کو از سر نو طالب بے گفتگو طریقت کے سامنے ہتھیار ڈالنے پڑے۔

ترجمانِ سلطان العارفین بعید از دور معائے زمانہ طریقت کے جنم میں ثابت ہوا کہ ۱۹۴۷ء کے ایام صدی میں کرشمہ جلوہ گری میں سُلہ شیخ ظہور ہو کر اس کے دوئی میں محترم غلام محمد وگے رجیدہ ساکنہ پیٹھ دیالگام انتخاب ازل ہوئے تھے اور اس ثانی پیر کو ثانی خالی رجیدہ صاحب ہی ابھی ہمارے سامنے موجود ہیں۔

آپ اکثر سلطان صاحب بدسگامی کے زائرین آں درحیاتی لوگ رجیدہ صاحب کو ید اللہ سے ید سلطان مشاہدہ کیے ہوئے ہیں جس نے اپنی جوانی اس جوان خوردہ اژھے کے نذر کر دی۔ جہاں ہماری عقل کی چادر میں کوئی دھاگہ جھتا ہی نہ تھا۔ یہ ایک عجب پاگلانہ متویانہ، مجنونانہ اور اجنبیانہ کڑی تھی۔ جس میں ہمیں ابھی بھی سراغ کی تلاش پیوست ہے جہاں اَن پڑھ خوش اعتقادی نہیں سما سکتی۔ یہاں ظاہر سے بلند باطن کی دنیا کارگر ہے اور بالغ نظریہ۔

شخصیت اور کتاب ہذا کے بارے میں اُتنا ہی تعارف و یقین باور کرا سکتے ہیں جتنا کہ بظاہر ہماری آنکھوں نے خوب تر دیکھا اور پایا۔ اس میں کوئی کیسے شک کی انگلی اٹھا سکتا۔ جناب سلطان کی متویانہ زندگی کے ایام فقر کی صحبت باراز و نیازی کے لمحات اس دنیائے فانی میں کسی اور کو نصیب نہیں ہوئے۔ جتنے کہ محترم غلام محمد صاحب کو توفیق حق اس راہ میں اپنی پاک باش دختر بھی شہداء کے صف میں جا ملی اور اپنی ماں کے آخری ملاقات کے وقت مرشد کی بغلگیری میں ہو کر بدسگام سے ہی اپنے گھر لایا گیا۔ اس دنیا میں کون دوبارہ آیا۔ پھر تو زندگی نذرانے میں دنیا ہی فناء فی الشیخ کا درجہ کہلایا جاتا ہے۔ ایسی شمسی تابانی کے

صداقت میں یہی کہا جائے کہ اُس ''اُسی اُسی زِ ے فناء فی الشیخ'' آپ اس مختصر سوانح درزبان کشمیری پڑھ کر اس حقیقت سے خود ہی خود آگاہ ہو جائیں۔

میں نے حرفاً حرفاً اس کشمیری تواریخ سلطان ہی نہیں بلکہ فروغ زبانِ ادب کشمیری کا مطالعہ کیا۔ امید ہے کہ اس ریاست کے لوگ اس کا مطالعہ کریں خصوصاً روحانیت کے طلبدار۔

اس کا حقیقی عاشق سلطان ہونے کا عملاً ثبوت اس کے وہ سارے مدح شیخ کے ۷ حصے جو سال ۱۹۸۱ء سے جاری رہے۔ مناقب وغزلیات میں سلطان کی عظمت اور روحانی منزل سے آپ بواسطہ خاکی وبشر رجیدہ صاحب کے توسط سے پاسکتے ہیں۔ جیسا کہ خود سلطان صاحب نے مجلس خود میں میرے سامنے اعلان کیا کہ یہی مردِ خدا ہے۔ بلکہ سلطان بار بار بولے اُس چھ زِ مردِ مردانہ لولو۔

آخر پر یہی عرضداشت ہے کہ جناب سلطان صاحب کو پہچاننے میں کلیتاً ایک راستہ یہی ہے کہ جس نے اس فقیر کا جھوٹا کھاتے زندگی بسر کی جو کلیتاً اس صاحب ولایت کا لباس بنے رہا تھا۔ آخر آخری سانس بھی جس کے سینہ پر پھونک گذری، اس کی آشنائی اور کس کے ساتھ ہوسکتی۔ ذرا اپنی عقل سے کام لے کر اسباق روحانیت کا دامن سلطان سے یدِ رجید پکڑتے رہے اور روح کا سبق لینے میں سبقت لینے خدائے صداقت ہدایتِ راستبازی عطا کرے۔ مرشد راضی ہوئے۔

نیازمند

محمد یعقوب خان ساکنہ برنٹی

# تصانیف رجیدہ

۱) مناقب اولیاء اللہ (۱) خصوصاً نقشبندیہ، سہروردیہ

(۲) مناقب ومداح درعفافی الشیخ۔

کشمیری غزلیات حصہ مناقب "نداہتکی آلو"، "خونِ جگر چوم"، "عشقہ سُر"، "آشہٕ ہُتی پوشہ پھُتی"۔ "اُس اُس زِی فناء فی الشیخ" (درکشمیری)۔

اردو غزلیات "سوزِ جگر" حصہ اول دوم، "گریہ رجیدہ"۔

(۱) مکمل سوانح فقیر سلطان ۱۹۰۷ء تا ۱۹۹۰ء۔

(۲) تواریخ صحبت سلطان، درون حجرہ با کاروان سلطان معہ عیال۔

(۳) ارشادات سُلہ صاحب۔ "ایک سِری ارشادات مجموعہ"۔

(۴) واردات مقتدآں ارض کشمیر۔

(۵) وجودِ شاعری تہٕ تصوف

(۶) آنسوں کے شعلے۔

(۷) آہِ مظلوم کشمیریاں۔

(۸) توحید تہٕ تصوف،

(۹) حجت علم اور زبانِ روح

(۱۰) فقر کی بے رُخی (بعدِ سُلہ صاحب

مندرجہ بالا میں مناقب کے پانچ جلد چھپ چکے ہیں نثر کے پارچے درانتظار طباعت ہیں۔

تمام عاجز و نادم مقتدین سے اپیل ہے کہ اس ادائے اشک ریزی کے بعد ہمیں اس امتحانی تعزیت خانہ کے حق میں صحت کا دایمی اور نصرت درروزگار کے لیے دعا کریں۔

بشیر احمد، گُل فاروقہ، پٹھ دیالہ گام

نوٹ: ۱۶ ر جولائی یہ کتاب اجراء ہو رہی ہے۔

شُراہ جُلائی چھِے کتاب اجراءِ یوان کرنہٕ۔ انشاء اللہ۔ توفیق باللہ۔





14 جولائی بروز جمعہ 1978ء غلام محمد وگے رجیدہ جلالی سلطان کا شیو کر رہے ہے



سلطان صائبہ بدس گوم




مقبرہ جائے مسکن شہید شاہنوازہ دختر رجیدہ پیٹھ دیالہ گام

PRINT.O.DESIGN
AL-HAYAT printographers
Gawkadal, Srinagar